# کلچر کیاٚ گو؟

(تنقیدی تۓ تحقیقی مقالن ہٕنڑ سوٚمبرن)

رشید آفاق

کتابہِ ہُنٛد ناو: کلچر کیٛا گو؟

مصنف: عبدُ الرشید آفاقؔ

زاجاے: سعید سُلطانؔ سوپر

روزَن جاے: وولر روڈ چنکی پورہ سوپر

سرورق: محمد یوٗسف بچہ سوپر

کمپیوٗٹر کِتابت: جیلانی کامرانؔ محلہ بابا یوٗسُفؔ

سوپر (9858896101)

گوڈنیک چھاپ: ستمبر 2011

تعداد: 500

مول: Rs.250/=

# اِنتساب

پَننِس ٹاٹھِس پِترٕ

مرحوم حاجی علی محمد کُلوصأبنِس

یادَس منٛز یمیٚ بہٕ سکوٗل اَوِل جماژ

منٛز درٕج کوٚرنَس۔

# فہرست


| نمبر شُمار | راش | صفحہ نمبر |
|---|---|---|
| ۱ | پیٚنۍ کتھ | 5 |
| ۲ | رشید آفاقؔ اَکھ پرٛینۍ شاہراہ | 16 |
| ۳ | رہنما (شیخ نورالدین ولیؒ) | 21 |
| ۴ | تصوٗفچ تأریخ | 35 |
| ۵ | آزادٕنی منظر نگأری | 58 |
| ۶ | جلوٕتہٕ زبوٗر | 66 |
| ۷ | محی الدین گوہرؔ | 73 |
| ۸ | کلچر کیاہ گوٚ؟ | 81 |
| 9 | کأشر زبان تہٕ انگریزی | 99 |
| ۱۰ | رَدِ تشکیل تہٕ کأشر شأعری | 110 |
| ۱۱ | فلسفہ تقدیر تہٕ اقبال | 126 |
| ۱۲ | رحیمؔ صأب | 145 |
| ۱۳ | تہذیبن ہنز ٹھولہٕ ٹھول | 154 |

# پئنٕ گتھ

خداے آفاقؔ زانٛہہ گوٚ نہٕ ناکام
پرٕ بتھ شایہِ آو کامیاب وُچھان چھُس

انسان سٕنٛز زندگی چھےٚ کشمکشچ اَکھ آنتھٕ روٚس عمل۔ اَتھ جدوٗجہدَس منٛز چھُ علم اَکھ اہم رول اَدا کران۔ علم چھُ طاقت تہٕ علم چھُ وَتہٕ ہاوُکھ تہِ۔ فکرIdea چھُ دُنیَہس پٮ۪ٹھ حکمرانی بتھ کنٛن یہِ اَکس انسان سٕنٛدِس دِماغس پٮ۪ٹھ حکمران چھُ۔ صحی علم تہٕ خود اعتمأدی ءستیٚ چھُ اَکھ انسان زندگی ہٕنٛدی سٕنٛز تہٕ وٕگنٕ ژألتھ بروٗنٛہہ پکان۔ علم، خود اعتمأدی ءستیٚ ییٚلہِ ایمان Conviction بیٚہِ کردار Character رَلہِ تہٕ کامیأبی چھےٚ انسان سٕنٛدی

کھور رٹان۔ پانٔس متلق کینٛہہ وَننہٕ برونٛہہ وَنہٕ بہٕ تتھ جایہِ متلق ییٚتہٕ بہٕ زاس تہٕ اَزتہِ روزان چھس۔

سوپۆر چھ شُمالی کٔشیرِ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ بۆڈ قصبہٕ یُس سوٗیاہٕ سنٛدِس ناوس پیٹھ بسأوِنہٕ آمُت چھُ۔ سوٗیا اوس راجہ اونتی وَرمن سُنٛد وٗزیر۔ اونتی وَرمَن گٔر کٔشیرِ پیٹھ اَکھووُہَن وٕری یَن تہٕ ترٛبن رَتَن حکوٗمت۔ سوٗیا اوس تٔمی سُنٛد وزیرِ آبپاشی Minister of Irrigation۔ تٔمی بسووو وُلرٕ کِس مغربی بٔٹھِس پیٹھ سوٗیاپور یُس بِگران بِگران سوپور بنیاو تہٕ اَزکل چھس سوپۆر وَنان۔ سوپۆرکس مشرقی علاقس منٛز زاس بہٕ زٕ فروٕری گنٛوہ شَتھ تہٕ دُونٛزہَس (2 feb 1952) منٛز سعید سُلطانؒ (یَتھ عام طور گُلی محلہٕ تہٕ وَنان چھ) حاجی عبدُ الصمد کلوصابنہِ گرِ۔ شُمالی سوپۆر اوس تَمن دُہَن بأتی سوپۆر نِش اکھ مأری منٛدِ جھیلہٕ ستی بیوٚن اَتھ سَرس أسی بھگ وَنان۔ یہِ سَر چھنہٕ اَز موجوٗد مگر اَتھ پیٹھ بُستی تہٕ بازارس چھِ بھگ وَنان۔ اَتھ مأری مٔنٛدی جھیلس أنٛدی پٔکی چھ مے پٔنٕن لوکہٕ چار گُذرومُت تہٕ أمِچ شان رَفتہ بحال کرنٕچ گرمے واریاہ کوٗشش اِنفرادی طور مگر نہٕ دِیُت حکوٗمتن نہٕ وَقتہٕ کیو حالاتومے ساتھ۔ ہرگاہ یہِ جھیل Water Body مفاد پرستن ہنٛدِ تجاوزٕ Encroachment نِش بچاونہٕ آسہِ ہے آمُت۔ أمہٕ ستی آسہِ ہے سوپۆرچ شان تہٕ خوٗبصوٗرتی منٛز دوگنہٕ ہُر بر گوٚمُت۔

امہِ سَرچہِ تباہی ہُند تھٔمس منٛز چھ مے انگریزی پأٹھی اَکھ نظم Beauty

and the Beast عنوان لیچھ ہِژ۔ یِیمیُک اَکھ بنٛد یِیمہِ آیہ چھُ۔

My Present is so waste

How desolate my future would be!

Beauty of nature is but a window to God

when nature is trampled where beauty

remains!

The water of Bhugu serene and Clean,

We deemed it a solace but is a dream.

Calm surface with lush green

Stretched over miles long

Here my childhood was spent along

with calmness and tranquility.

people lived with love and honour

lake bloomed with life and lustre.

(Pub.2002)

بہٕ چھُس پنٕنس مائلِ سُنٛد کوٗنس نیٚچوٗ۔ مےٚ بروٗنٛہہ چھِ میانٛی پانٛژھ بارٕنی

عبدالرحمٰن، عبدالاحد، عبدالحمید ،محمد سُبحان ،تہٕ نزیر احمد زاہتی۔ یِمنٕہِ چھٕنہٕ اَسہِ

کأنِہ أسی ہٕش۔ شمن بارنبن منز چھِ ترے تجارت پیشہٕ تہٕ ترے (رٹایڑ) مُلأزِم۔ میٲنی مول اوس پیشہٕ کنِز اکھ بٔڑ۔ أمِہ علاوٕ اوس سُہ اکھ سیٲسی کارکُن تہِ 1931 منز اوس سُہ تحریکِ آزادی منز شأمِل تہٕ مرنہٕ کس دمس تام (26 جنوری 2001) روٗد سُہ پننس مشنس پیٹھ قٲیم۔ میٲنی مول اوس سیٲسی کارکُن آسنس ستی اکھ سماجی سُدھارُک تہِ۔ لہٰذا اوس تس گرِ کین مالمٲتن کُن کم وقت آسان۔ میٲنہِ تالیمہِ تہٕ تربیتس منز روٗد میٲنبن زٕٹھبن بأین عبدُ الرحمان تہٕ عبدُ الاحدُن اہم رول۔ اللہ تعالیٰ تھأوِن تمن وارِ پأٹھی تہٕ بٔیہٕ گٔری نگھ یہِ دُنیا یاہ تہٕ سُہ دُنی یاہ رُت۔ 1958 ہس منز کوٚرنس بہٕ پننی پتر حاجی علی محمد کلو صأبن پننس نیچوِس ظہوٗر احمدس ستی گورنمنٹ بابا یوٗسف مڈل سکوٗل سوپورس منز اول جمأژ منز درٕج۔ درٕج کرن وول ووستاد اوس شری جیا لال۔ سوپٔرس منز أسی أمِہ وقتہٕ زٕ Private سکوٗل تہٕ یہِ سکوٗل اوس تمہِ وِزِ سارنیٕ کھسِتھ مانہٕ یوان۔ اَتھ سکوٗلس منز میٲنی درٕج گژھُن اوس اکھ اتفاق تکیازِ یہِ سکوٗل اوس میٲنس گرٕس نزدیک۔ اَتھ سکوٗلس منز پوٚرمے أٹھن وٕری ین أمِہ سکوٗلہٕ منز کوٚرمے مڈل (8th) 1966 ہَس پاس۔ اَتھ سکوٗلس منز یمن ووستادن نِش مے پوٚر تمن منز أسی مرحوم محمد رمضان گوٗرو صأب، نند لال جی تہٕ علی محمد بٹ صأب۔ یمن ووستادن ہُند اَثر روٗد میٲنہِ مستقبل زندگی پیٹھ وارِ یاہ جادٕ۔ پننی ژوٗرِم کتاب The wind wihtout

Rain(2008) گرٚمے محمد رمضان تہٕ ننٛدلال جی نہِ ناوِ تکیٛاِ زِ اَمِنے دون

وٕستادن نِش چھُ مے انگریزی ہیٚچھ مُت ۔ مے چھُنہٕ اَز پٔڑھے یِوان یِیلہِ یہِ

یہِ کتاب پنٛنس ٹاٹھِس پترٕ ہِندِ ناوٕ منسوٗب چھُس کران ۔ اُٹھِم جماتھ پاس

کرنہٕ پتہٕ گوس بہٕ گورنمنٹ ایم ، ایل ، ہایر سکنڈری سکوٗل سوپور یٔیمہِ جماژ

منٛز درٕج یِیتہِ مے ترٛہن ؤری یَن سائینس پوٚر ۔ پزٕ چھُ یہِ زِ اَتہِ نہٕ اوس تَمن

دُہن سائینس پَرناوَن وول وٕستادتہٕ نہٕ سائینس پرٛیکٹکل کرناونچ لیبارٹری

۔ اُمہِ سکوٗلہِ منٛز کوٚرمے H-S-E11th کلاس مارٕچ 1969 ہَس منٛز

پاس ۔

کٔہم جماتھ پاس کرنہٕ پتہٕ کوٚرمے گورنمنٹ ڈگری کالج سوپور جوٛین ۔ اَتھ

کالجس منٛز پوٚرمے ترٛہن ؤری یَن ۔ اَمن ترٛہن ؤری یَن منٛز بدلیایہِ ترٛے

پرنسپل عبدُ السلام ڈار ، پیر زادہ علی محمد ، سومناتھ سادھو ۔ اَمن ترٛہن وِنٛی پرنسپل

صأبن منٛز اوس عبدُ السلام ڈار زبردست اڈمنسٹریٹرٕ تہٕ شفیق وٕستادتہِ ۔ سلام

صأبنہِ دیانتدأری تہٕ ڈسپلنچہِ مثال چھے اَزتہِ شُمأ لی کٔشیرِ ہِندہن گرن منٛز

گنزراونہٕ یِوان ۔ اَتھ کالجس منٛز مے یمن وٕستادن نِش پوٚرتمن منٛز رُود

میأنہِ زندگی منٛز زیادٕ پٔہن اَثر مرحوم عبدُ الطیف بیگ تہٕ پروفیسر محمد مظفر وار

صأبُن ۔ اَمِن دونوٚنی نِش پوٚرمے جنرل انگلش تہٕ انگلش لِٹریچر ۔

اُمہِ کالجُک قأبلِ ذکر وٕستادن منٛز اَسی پروفیسر سیف الدین سوز

پروفیسر عبدُالغنی Philosophy پروفیسر غلام رسوٗل بچہ Economics
بٹ Persian اُہنٛدِ علٰمہٕ نِش تہٕ سپدُس بہٕ فیضیاب۔
اگست 1972 منٛز گرٕ مے گریجویشن پاس۔ امہِ پتہٕ نیوٗ مے دسمبر 1972 ہَس
منٛز کشمیر یوٗنیورسٹی ہِندس انگلش ڈپارٹمنٹس منٛز M.A.English
کرنٕکہِ غرضہٕ اڈمشن۔ کشمیر یوٗنیورسٹی منٛز یمو وستادوٕ بہٕ زیادٕ متأثِر کوٗر ہس
تِمن منٛز اَسی ڈاکٹر ایم۔ ایس۔ وانٹ H.O.D تہٕ ڈاکٹر ٹی، جیا من ریڈر۔
ڈاکٹر رَمن بنیایہِ پروفیسر تہٕ ڈاکٹر وانٹ صأبنہِ رٹاریمنٹہٕ پتہٕ بنیایہِ تِمہٕ
H.O.D۔ تِموٕ کر پتہٕ خود کشی تہٕ گٔے یِمہِ عالمہٕ۔
جولائی 1974 منٛز بنیاس بہٕ محکمے تألیمہِ منٛز وستادیہِتہٕ بہٕ 1982 ہَس تام
بحثیت وستاد اوُسس کأم کران۔ 1982 ہَس منٛز گوس بہٕ Public
Service Commission کہِ ذٔریعہِ انگریزی لکچرر تعینات۔ 1980
منٛز کوٗر مے B.Ed بٔڈری یہِ کالج آف ایجوکیشن سرینگر۔ اَتھ کالجس منٛز یمو
وستادو زیادٕ پہن مُتأثر کوٗر ہس تِمن منٛز چھِ پروفیسر سعید حبیب اللہ
Philosophy شری اے۔ کے۔ کول Geography تہٕ نزیر احمد
شال Science ناوہنٛبس لایق۔ محکمے تألیمس منٛز گرمے اَکھ جنرل لایَن
ٹیچر اُٹھ ؤری، بحثیتِ اَکھ لکچرر تہٕ سینیر لکچرر ژٕ توٗہ ؤری تہٕ خاصکرٕتھ
بحثیت اَکھ پرنسپل شےٚ ؤری ژٕ ربتھ کأم۔ بہٕ سپدُس مُلازمتہٕ نِش

28 فرؤری 2010 یَس منٛز سبکدوش۔ (الحمد اللہ رب العالمین)۔

میؤن ادبی سفر سپُد 1979 منٛز شروٗع ییلہِ مےٚ گوڈنچ کتاب کٲشرِ ہنٛدس بہلہِ پایہِ صوٗفی شاعر رحٓم صاب سوپورِس پٮ۪ٹھ چھاپ۔ اَتھ کتابہِ منٛز اُس رحٓم صابنہٕ سوانح۔ فلسفۂ حیات تہٕ نموٗنہ کلام شامِل۔ اَتھ کتابہِ سپُز عوٲمی حلقن منٛز وارِیاہ پزیرأیی تہٕ اَدبی حلقن منٛز تہِ۔

دوٚیِم کتاب یُس مےٚ چھاپ چھےٚ انگریزی نظمن ہنٛز سوٗمبرن اَتھ کتابہِ چھُ ناو "Beauty and the Beast" یہِ کتاب چھاپ مےٚ 2002 ہَس منٛز۔ اَمہِ کتابہِ ہنٛز رَسمِ رونمائی سپٕز کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِس اِبنِ خلدوٗن ہالس منٛز 22 جولائی 2002۔ یہِ تقریب کٔر میٲنۍ اَکۍ دوستن پروفیسر حمید نسیم رفیع آبادی منظّم۔ اَتھ تقریبہِ منٛز آیہِ تمۍ سٕنٛز اُردو شاعری مجموعہٕ "ادائے اظہار کی تمنّا" ہنٛز تہٕ رسمِ رونمائی کرنہٕ۔ اَتھ تقریبہِ پٮ۪ٹھ ٲسۍ کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدۍ تھدِ پایکۍ شاعر جناب رحمٰن راہی تہٕ اُردو زبٲنۍ ہنٛدۍ مشہوٗر شاعر جناب حکیم منظوٗر مہمانانِ خصوٗصی۔ نظامتچ ذمہٕ داری دِژ پروفیسر بشیر احمد نحوٗی (ڈایریکٹر اقبال انسٹیچیوٗٹ کشمیر یونیورسٹی)۔ اَتھ موقس پٮ۪ٹھ آوٚ مےٚ پننہٕ شاعری ہنٛدِس موضوٗعس پٮ۪ٹھ لیکچر دِنُک موقہٕ۔

زندگی نہٕ چھُ پوٗرٕ سوکھ تہٕ نہٕ چھُ پوٗرٕ دوکھ بلکہِ چھُ دوکھن تہٕ سوکھن ہنٛد کھٔژر۔ یہِ چھُ زندگی متلق اَکھ شاعرانہٕ یا فلسفیانہٕ خیال۔ مذہبی فلسفہٕ چھُ

زندگی متلق یہِ زِ زندگی چھےٚ اَکھ آزمائش ۔ پزٕ رچھُ یہِ زِیہِ چھُ قدمس قدمس پیٹھ اَکھ اِمتحان ۔ اَمہِ کتھِ ہُند ثوبوٗت چھُ قرآنکہِ ییمہِ آیہِ کریمہٕ تل ٹاکارٕ نان:

اَلذی خَلقَ الموتَ والحیات والحیوٰتَ لَیبلوَکُم ایکم اَحسَن عَمَلاَ

(اَلمُلك پ۲ ) (۲:۲۹)

ترجمہٕ: تمی خدایَن گرٕ موت تہٕ حیات پاۆد تاکہِ سُہ آزمایہِ توہہِ زِکُس گرِ رٕژ عملہٕ۔

علامہ اِقبالؒ چھُ یوٚہے خیال یِمن لفظن منٛز پھران۔

قلزم ہستی سے اُبھرا ہے تو مانند حباب

اس زیاں خانے میں تیرا امتحان ہے زندگی

حیات چھےٚ نابوٗدٕ منٛز دژاہمٕژ ۔ نابوٗ دَس کرنہٕ یہٕ ترجمہٕ کینہہ نہٕ Nothingness ئلی کہ لاشعوٗر Unconscious لٰہذا موت کیاہ چھُ؟ یہِ چھُنہٕ فنا گژھُن ئلی کہِ اَکھ سفر لاشعوٗرس کُن ۔یتھ ینگ Journey to unconsciosness وَنان چھُ۔

أتھی ؤری یَس منٛز سۄدٕ میانہِ زندگی منٛز اَکھ بوٚ ڈبارٕ وأرِی داتھ 29 اکتوٗبر 2002 سپٕز میٲنی گرٕ واجنی نسیمہ فردوس رَحمتِ حق ۔ نسیمہ جی أس دٔہن ریتن دِلچہِ بیمارِ Heart Enlargement منٛز مُبتلا ۔ نسیمن مرٕن اوس میانہِ زندگی

منزٕ اَکھ بوٚڑ باڑ اَلمیہ۔ تِمی ہِنٛدِس مَرنس پتہٕ لیچھ مےٚ یہِ مرثی۔

واو آو طوٗفان بے انداز تہٕ ژٕجِکھ

شُنیاہَس گییہِ شرٛ پتھ مُدٕر آواز تہٕ ژٕجِکھ

ساتہِ حسن اوس تہٕ گوٚژھ دُعا گژھُن قوٚبول

پاسہِ اُخرس کوٚرتھ پرٛواز تہٕ ژٕجِکھ

مَس مُلرِ پھٹہٕ راوتم آغو قرار رووٗم دِلُک

گوٚغمن شروٗع سلسلہِ دراز تہٕ ژٕجِکھ

سوٗکھس تہٕ دوٚکھس منزٕ ساتھ دِنہٕ واجنی سپزٕ مےٚ لش جُداتہٕ یہٕ چھس نہٕ اَمہِ صدمہٕ منزٕ وُنہِ تہِ نبر نیران۔ نسیمہ جی نہِ مرنہٕ پتہٕ روٗدمیأنی خدمژ میوٚن نیچوٚ بلال احمد کران۔ تیمی پننس کھاندرس تام یہِ گرٕچ ذِمہٕ دأری سبٹھے نفیس پأٹھی ورتأو۔ اللہ تعالیٰ کرِن تمس رُت تہٕ بیہہِ تھأوِنس وارٕ کارٕ۔

جنوری، فروری 2003 ہَس وَنہٕ چھٹین منزٕ یئیلہِ یہٕ پننہٕ گرٕ واجنہِ ہُنٛد ماتم اوٚسس مناوان۔ کوٚرمےٚ علمدارِ کشمیر شیخ نوٗردین نوٗرانی ہِنٛدس کلامَس انگریزی زبأنی منزٕ ترجمہٕ۔ یہِ کتاب چھےٚ اِسلأمی فلسفے حیاتہٕ ستی برتھ تہٕ جرٕتھ۔ اِوَکنہٕ زوٗن مےٚ مُنأسب زِ یہِ کتاب کرن یہٕ پننہِ آشنہِ نسیم نہٕ ناوٕ منسوٗب۔ اَمہِ کتابہِ ہنزٕ رَسمِ رونمأئی سپزٕ کوٚپوارِ بایز ہایر سکنڈری سکوٗلس منزٕ اَدبی مرکز کمراز (سوپور) کِس سالانہٕ اَدبی کانفرنس 8 اگست 2004 جناب غلام

نبی گوٚہرنہِ اَتھو۔ شیخ العالمؒ نہِ کلامکس ترجمس تھووٕ The Ark سفینہ نوحؑ

ناو۔ یہِ ناو کوٚڈ مےٚ شیخُ العالمؒ نہِ یمہِ شارٕ منزٕ۔

آدن بندگی کٔر نہِ مےٚ تَس

اَدٕ پیوٚس ژِتبس غرقہِ وزِ نوحؑ

پنٕنی ژوٗرِم کتاب ''The wind without Rain'' کٔر مےٚ 2008

ہَس منزٕ شایع۔ یہِ کتاب چھےٚ میانین انگریزی نظمن ہنٛزٕ سوٚمبرن۔ یمہِ کتابہِ

ہنٛزٕ رَسمِ رونمائی سپٕز گورنمنٹ ڈگری کالج سوپرس منزٕ 26 ستمبر 2009۔

ایوانِ صدارتس منزٕ آسی جناب اَبدال مہجوٗر، جناب فاروق احمد رینٛزوٗ، تہٕ محمد

اشرف شاہینؔ (پرنسپل کالج) جلوٕ افروز۔

اَزیٚلہِ یہٕ پنٕنی پانٛژِم کتاب پرٕن والین برٕونٛہہ کنہِ ترٛاوان چھس۔ مےٚ چھُ

باسان زِ اَدبی مأدانس میٛون سفر چھُ کامیاب۔ یہِ کتاب چھےٚ کأشرِ پأٹھی تہٕ

اَتھ منزٕ چھِ تحقیقی مقالہٕ۔ پرٕتھ کانٛہہ دعوا چھُ علمی دَلائیلن پیٹھ ڈٔرِتھ۔ میانہِ

وَننٛگ مطلب چھُنہٕ یہٕ ہر گز تہِ زِ میٲنی دَلاٗیِل یا دعوا چھِ حتمی۔ اَمن منزٕ ہیٚکہِ

خأمی آسِتھ یا ہیٚکہِ اَمن منزٕ ہُر برتہِ سپدِتھ۔

یہٕ چھُس پنٕن پان اَکھ طالبٕ علم زانان۔ پرٕتھ طالبٕ علم سُند مقصد چھُ یی

آسان زِ سُہ کرِ علمچ نیہ وَتہِ تلاش تہٕ بنایہٕ پنٕنی شخصیتھ Personality ہرگاہ

سُہ پننہِ علمچ تشہیر تہِ وُژھ کرِن سُہ گوٚنوٗرِن علی نوٗرتہٕ پرٕتھ ذی شعوٗرتہٕ علم دوس

انسانس پزِٕ تمس مٹھ مٹھ کرُن۔

مقالات لکھن وِزِ چھُنہٕ مےٗ سارنٕے گتھن کھُلہٕ واش کوٚڈمُت کیٚنٛہہ۔ ٲمیُک وَجہ چھُ یہِ زِ پَرن والین ہنٛز دِلچسپی بڑراونہٕ خاطرٕ چھُ یہِ ضوٚرۄری۔ اَتھ چھِ پوسٹ ماڈاٖرن اِزمس منٛز Foregrounding وَننہٕ یوان۔ اَوے چھُ شٹینلےٚ فِشStanley Fish وَنان۔

"We write the text we read"

پَرن واٖلی اَگر میٲنین خامیَن ہنٛز نشان دِہی کرن تہٕ بہٕ زانہٕ تہِ تِہنٛز حوصلہٕ اَفزاٖیی تہٕ مَٹھِ مَٹھِ گرُن۔

ووُلر روڈ، چٹکی پورہ سوپر

عبدُ الرشید آفاق

17 جولائی 2011



# رشید آفاق

## (اَکھ پرٚینٛز اَدبی شاہراہ)

کأشرِ زبأنی اَندر ریٚشاہ پرأنی شأعری ہنٛز تأریخ چھےٚ تِمے حسابہٕ پُرٕ چھ کأشُر اَدب شأعری ہٕتی مالامال تہِ۔ اَسہِ نِش چھےٚ سَتھ ہَتھ وٕری یاتِمہِ تہِ پرأنی للہ دید تہٕ شیخ العالمؒ ہنٛز شأعری کتأبی صوٗرتس اَندر موجوٗد۔ یِمہٕ دوشوَے بزرگ قدیم دورٕکی پربزلوٕنی گاشہِ تارَکھ چھِ۔ چنانچہِ یِمہِ کتھِ ہُنٛد چھُ پانٕے اَندازٕ سپدان زِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد شعرٕ ادب بروٗنٛہہ پکہٕ ناوَن والین یِمن دوٕن بزرگن تہِ آسہِ ہے لأزِمَن کأشرِ زبأنی ہنٛز کانٛہہ پرأنی رِوایت ڈٕکھس یَتھ یِموٕ پننہِ رَنگہٕ اِضافہٕ کوٚر تہٕ یَتھ اَندر یِموٕ تِمن اَقدارن، زندگی گذارٕنکین طور طریقن، خداپرستی، نفس کاپہِ رٔٹُن تہٕ دِئی ورأے روزنک دَرٕس دِیُت، اَتھ

حدس تام زِیہِ گے زَبان زَد عام تہٕ اَکھ لافانٔی طاقت حاصل گٔرتھ چھ برونٛہہ کُن تہِ۔

کاشُرس اَدبس اَند رچھےٚ نٔثرچ وٲنس واریاہ کم۔ خصوٗصاً تحریری نٔثرچ۔ نٔثر لیکھنُک رِواج گوٚو یتہِ آزادی پتے قایم۔ اَمہِ برونٛہہ اگر کینٛہہ اوس تہِ سُہ اوس اَساطیری تہٕ داستانوی ادب یتھ اَند رکاشُر تہذیب تہٕ تمدن رنگ ژھٹان اوس تہٕ ییٚیہِ سُہ لُکہٕ وٕترٕیُس سینہٕ بہ سینہٕ مُنتقل سپدان روٗدتہٕ کاشرِ زبانٕی ہُند دامن مالدار بناونس اَند رخاص رول اداکران روٗد۔ یوٚ دوے زَنہٕ کٔشیرِ ہِندی حالات پرٛتھ دورس اَند راَدب تہٕ زبانٕی ہِندِ ووتھ بوٚ خاطر موافق روٗدی مٕتی چھنہٕ تہِ گٔرتھ چھ اَمہِ زبانٕی پننہٕ بتٕرِکس بَل بوٗتس پٔتھ زندگی تہٕ زمانٕک ژوٚک موٚدُر ژاشی ژاشی پٔنن ووٚجوٗدنہٕ صرف زِندٕ تھوو مُت بٔلکہِ چھےٚ یہ پننس اَدبی سرمایَس تہِ وُستھ دِوان روٗزمٕژ۔ تہِ اَسی اَمہِ اَنہٕ اَندرٕ ہتہٕ وادوٗری پرٛوٗن کاشرٕ بن ہنٕزِ فکری تہٕ روٗحانٕی زندگی ہُند عکس دید ووٗچھان تہٕ سانٛین دِلن تشفی تہٕ تسکین دِنٕک چھ اَتھ اَند رپوٗرٕ پوٗرٕ سامانہٕ موجوٗد۔

یتھ پاٹھی مے برونٛہہ عرض کوٚر زِ سانہِ تحریری اَدبچ (بالخصوص نثری اَدبچ) وٲنس چھےٚ شارٕ اَدبہٕ کھوتہٕ کتہِ کور کم تہٕ قٔلیل مگر اَتھ قٔلیل وَقتس اَند رتہِ چھےٚ اَسہِ واریاہ مفت خانہٕ طے گٔری مٕتی۔ چنانچہِ کاشُرس اَند رچھےٚ

ناول تہٕ اَفسانہٕ تہِ ،ڈرٛاماتہِ تہٕ فِکشن تہِ تہٕ ماںٛاُقی اَصطلاحات تہِ ۔اَسہِ چھےٚ رنگہٕ رنگہٕ اَدبی صِنفہٕ تہٕ اصطلاح ،تقریباً تمہ سارے یم ترقی یافتہٕ زبانن ہٕندس اَدبس اَنٛد رچھےٚ مثالہِ پاٹھۍ تحقیق ،تنقید ،توأریخ بیترٕ تہٕ پر بتھ صنف چھےٚ ترقی ہنٛزٕ وَتہِ پیٹھ گامزن۔ اَسۍ چھِ یمہِ کتھِ نِشہِ تہٕ واقف زِ کُنہِ زبانۍ ہنٛزٕ ترقی ہُنٛد راد چھُنہٕ تمہِ زبانۍ ہنٛز شاعری وُچھتھ مینہٕ یوان ،بلکہ اَمیُک دارومدار چھ یتھ کتھِ پیٹھ مُنحصر زِ اَدبی سوٗتھرس پیٹھ کوٗتاہ نثر چھ تتھ اَنٛدر موجوٗد ،کوٗتاہ چھُ لکھنہٕ آمُت تہٕ کوٗتاہ چھ لکھنہٕ یوان۔ یہٕ کتھ مدِنظر تھاوِتھ چھ پرٛتھ کاشُر اُدیب تہٕ قلمکار پننہِ کوٗششہِ جاری تھاوِتھ تہٕ نثری اَدبُک ہُد ہُرراونس اَنٛدر پننٛزِ دِلچسپی ہاوان۔ یتھی نۍ قلمکاران اَنٛدر چھُ جناب رشید آفاق صأب تہِ شأمل۔آفاق صأب چھِ بنٛیادی طور انگریزی اَدبُک اُدیب تہٕ شاعر۔ وُنیک تام چھےٚ یہنٛزٕ زِ شارٕ سوٗمبرنہٕ The Beauty & the Beast تہٕ Wind Without Rain ناوٕ بازرِ پییمژٕ۔ تہٕ چھکھ اَدبی حلقن اَنٛدر پزٕ پرأیی حاصل گرٕمژٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ یمو رحیم صأب سوپوٗری سنٛزٕ زندگی تہٕ تہنٛزِ شاعری پیٹھ اَکھ کتاب تہِ وارِیاہ کال بروٗنہہ چھاپ گرٕمژٕ۔ گویایمن چھُ ماجہِ زیوِ ہُنٛد ژوٗک بروٗنہہ پیٹھےٚ آتش زیرِپا تھاوِتھ اوسمُت ۔کیازِ تہٕ ،ماجہ زیوِچھُ تأثیرٕ بیوٗن تہٕ بدوٗن آسان۔

یہنٛز زیرِ تبصرٕ کتاب ( کلچر کیا گو) چھےٚ وِزِ وِزِ لیکھٕمژن یہندن اَدبی تہٕ

تنقیدی مقالاتن ہنز گوڈنچ سۆمبرن۔ یتھ اَند رکم وبیش کاہ (11) مقالہٕ شامِل چھِ پرٛتھ مقالہٕ چھُ موضوع تہٕ مَتنہٕ حسابہٕ منفرد تہٕ نوٚکوٗشِش۔ آفاق صابُن اَندازِ بیان چھُ گُلس پٲٹھ راست۔ یم چھِ پننہِ کتھ سیدِ سیوٚد تہٕ صاف زبان وبیان دِتھ پننس قٲری یَس برٛونٛہہ کنہِ تھاوان۔ اَتھ اَند رچھنہٕ کانٛہہ تکنگری یا کارستانی نظرِ تھاوان ٹلی کہِ چھُ دِلس وَیہٕ وُن تجرُبہٕ پرٛن وٲلِس پانس ستی ڈٕہتھ نوان تہٕ پرٛ والان یُس ہہنٛدِ علمی بصارچ ٹاکارٕ ڈٔلیل چھےٚ۔ انگریزی اَدبک ماہر آسنکہِ تعلقہٕ چھِ یم پننس کُنہِ تہٕ دعوہَس وَیہٕ وُنی تہٕ دلچسپ ڈٔلیل دِوان تہٕ پننہِ کتھ مزید لوٚبہٕ وُن تہٕ مانہٕ سوو بناوان۔ یہنٛدی ژٲری مَتی کینٛہہ موضوع یمن اَنٛد رھوٚصا حضرت شیخ العالمؒ سُنٛد موضوع چھُ واریاہ مُدلل تہٕ معنہِ آفرین۔ حضرتِ شیخ العالمؒ سٕنزِ شاعری دِژ کاشرِس اَدبس، اِظہارٕچ آگہی، تخلیقچ کُشادگی جذبن ہنٛز شدت تہٕ شبیہن ہُنٛد انتخاب بیترِ یمہِ ستی کاشرِ زبانی ہنٛدِ اہمیژ ہُنٛد بٔڈبی اندازٕ چھُ سپدان۔

تتھے کنی چھُ تصوفس پٲٹھ یہنٛد مضموٗن، نوٚ اندازٕ تہٕ اَمہِ ستی وۄتھِ اَکِس زاتھِس بخشَس دَس۔ فلسفہ تقدیر تہٕ علامہ اقبالؒ تہٕ چھُ پننہِ نوٚی یتگ اہم موضوع یُس نہٕ وُنہِ کانٛسہِ زیرِ بحث اوٚنمُت چھُ۔ وُنیک تام چھُ پرٛتھ ماہرِ اَقبالیاتن تہٕنٛد فلسفہ خودی وبٕژھ نوومُت۔ ردِ تشکیل چھُ بلکل سادر وار مقالہٕ یُس کینٛژن اہم اِنکشافاتن وُرن ٹلان چھُ تہٕ اَکھ میوٚٹھ بحث میٛتھر اوٚنس

اَنٛد راہم بَنہٕ ۔اَمہٕ علاوٕ چھ زیرِ بحث کتابہٕ اَنٛد ر ’’کلچر کیا گوٚ‘‘ عنوانہٕ اَکھ مُدلل
تہٕ جامع مقالہٕ درٕج یُس موضوع مصنف سٕنٛزِ علمی بصارتُک تہٕ دٕ برُک تہٕ تحسین
شناسی ہُنٛد غماز چھُ ۔کُلس پٔٹھ چھےٚ زیرِ بحث ’’کلچر کیا گوٚ‘‘
مقالہٕ سوٚمبرن اَکھ پرٕنی لایق کتاب یُس اَدبس اَنٛد ر اَکہِ ریفرنس
Refrerence کتابہٕ ہٕنٛز کأم ہیٚکہِ دِتھ۔

شاہدؔ دِلنوی

خورشید آباد ڈیلیٖن وٕرمُل
7اگست2011



# رہنما

## (شیخ نوٗرالدٟین ولیؒ)

سأری سے دُنیاہَس منٛز واتہٕ نوو اِسلامُک پأغام بُزرگانِ دٟنو۔ یِمن منٛز عارف باللہ یا نے عألم باعمل زیادٕ پہن سَرس چھِ۔ اِتھے کٔنہِ دوت کٔشیرِ منٛز اِسلام کیٛنژن بُزرگن ہِندی ذِٕسی۔ یِمن منٛز شرف دٟین المعرُوفِ بُلبل شاہؒ سُند ناو سَرس چھُ۔ یُس کٔشیرِ سٕہد یو 1301-1320 ٕسنِدس دورَس منٛز آو۔ بُلبل شاہن بنأوی ہتہٕ بٔدی غارٕ مُسلم مسلمان۔ یِمن منٛز یِیتیُک حأکم رٟنچن شاہ ناوہٕ بنس لایق چھُ۔ یُس صدرالدٟین آو ناو تھاونہٕ۔ صدالدٟنس پتہٕ بَنیاو قُطب الدٟین (1379-1389) کٔشیرِ ہُند حکمران۔ اَمہِ ٕسنِدس دورس منٛز آو امیرِ کبیر سیّدعلی ہمدأنی کٔشیرِ۔ حضرتِ امیرِ کبیرسؒ پتہٕ آو تٕمی سُند نیچو میر محمد ہمدأنی سُلطان سکندر 1389-1413 ٕسنِدس وقتس منٛز کٔشیرِ تہٕ تٕمی

پھٕہلو وِاسلامُک گاش کٔشیرِ منز۔ سُہ رُو دیٛیتہٕ زُتو وٕہن ؤری ین۔ تٔمی سُنٛد تھٕکُن لایق کارنامہٕ اوس یہ زِ تٔمی بنو ویٛیتہٕ ریشی سِلسلُک زُٹھ نُنٛد ریشی (شیخ نوٗر الدیٖن ولیؒ) پنٕنۍ مُرید۔ یتھہٕ کٔنۍ کوٚڈ سُہ تٔمی گوپھہِ منز نٮ۪برتہٕ اونُن دُنی ہِکس لوٗکہ لوٗنگرس منز تہٕ سُہ بنیاو کٔشیرِ منز اِسلام پھٕہلاونُک علمدار۔ اَمہِ کتھہِ ہنٛز باوتھ چھِ سُہ یتھ شرٛوکس منز کران۔

نصر بابہٕ جنگل کھٔسن گیم خأمی
مےٚ زوٗن یہِ أس بٔڈی عبادتھ
سُۍ ہا أس بٔڈ بد نأمی
ژٕکہِ أس سٔرِنی گُنی کتھ

شیخ نوٗرالدیٖنؒ کوٚر اِسلامُک تبلیغ سأری سےٚ کٔشیرِ کأشرِ پأٹھی۔ تٔمی بوو اِسلامُک فلسفہٕ تہٕ تألیم پنٕنیٚن شارن منز۔ اَوے چھِ تٔمی سٕنٛز شأعری ''کأشُر قرآن'' وَنان۔ اِسلأمی اُصوٗل پھٕہلاونہٕ سٟتۍ سٟتۍ کوٚر تٔمی سمأجی بُرأیین خلاف تہِ جہاد۔ مذہبی بد عاتن ہُنٛد تدوُرک گرٛنس منز یُس جہاد تٔمی کوٚر تتھ مثال میلنۍ تہٕ چھےٚ مُشکل۔ مگر یتھ مضموٗنس منز کرٕ بہٕ صرف ''شیخ نوٗردیٖن ولیؒ بحیثیت اَکھ سمأجی رہنما'' پیش۔ شیخِ کأملؒ سپدی کٔشیرِ منز یوٗتاہ مشہوٗر تہٕ مقبوٗل زِ تٔمن آیہِ وارِیاہ لقب دِنہٕ۔ لُکھ چھِ تٔمن شیخِ کأملؒ، شیخ العالمؒ تہٕ علمدارِ کشمیر ناوٕ یاد کران۔ ''کشمیریت'' لفظُک مانے چھُ اَصلی بَٹہٕ تہٕ پوٚز

مُسلمان آسُن۔

أمِچ وَ کھنَے چھےٚ لَلہ دید پَننِن واکھن تہٕ علمدارنؒ پَننِن رشرٚ وکھن منٛز گرٕمٕژ دونوَے شخصیژ چھےٚ لۄکن خداشِناس بٔنتھ اَصل مذہب سمجھنُک تلقین کران۔

مثالے

دیو وَٹھا دیور وَٹھا
ہیرِ بون گۄنہٕ وَٹھا
پۄز گس گرکھ ہوٚژہٕ بٹا
مَنس تہٕ پونس گر مِلرٕار

(لَلہ دید)

یا

تانہٕ ہکھکھ نتہٕ گیانہٕ
گرِیہ یُد گرکھ بالہٕ پانہٕ
پیٚتی پلرٕ یِمہٕ پنتھانہٕ
مندرنو روزٕ بیٚیہٕ رَمضانہٕ
توٕ برس وٕسی خدائے
اَصل ہندِ مسلمانہٕ

(علمدارؒ)

علمدارس برونٹھہ اوس للِ دیدِ گورن ہنزِ مذہبی اَجارِ دأری تہٕ لوٗکن ہنٛدِس اِستحصالس خلاف آواز تُج مژ۔ یَتھ منز تَس واریاہ کامیأبی حاصل اُس گمژ۔ تمہِ وِزِ یوٗ دوٚے مسلمان کشیرِ منز اقلیتس منز اُسی مگر تمن تہِ اُس پیر فقیر مذہبی اَجارِ دأری قأیم کرِتھ اِستحصال کران۔ علمدارن یِیلہِ کشیرِ منز توحیدچ کرٕبکھ لأے۔ اَمہِ سٟتی گوٚو نہٕ صرف مسلمان پیرن وُترِ بنیوٗل بلکہ کہِ گو برہمن سماجس یُس ذات پات کس کھری کانگرِ منز پھٔسِتھ اوس تہِ گو وُترِ بنیوٗل۔ ذات پات کس گرٛٹس منز پھنہٕ آمتی بٹہٕ بَنیایہِ مسلمان یِیلہِ علمدارن کوٚرذات پاتَس خلاف جہاد۔

ذات یُس دِپان ذات چھے میأنی
تَس عقل نہ تہٕ بود دأنی مو
یوٚد بویا آسبس اِسلامنی
توٚ کھوتہٕ ذات کانٛہہ پرنی مو

یِمَن شارن منز چھ علمدارُ وَنان زِ اسلام چھ ذات پاتَس سخ خلاف۔ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ اَہمیتھ دِوان بلکہ اِنسانہٕ ہنٛدس ایمانس تہٕ عملہِ پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ اَکھ اِنسان چھُ برتر تیٚلے یِیلہِ تَس ایمان تہٕ عمل صحی آسہِ۔ اَمیُک تصدیق چھُ قرآن تہِ کران۔

یا ایھاالناس انا خلقنکم ذکرٍ وَّاُنثیٰ وجعلکُم شعو باً وقبایل

لِتَعارَفواءِ انَّ اَکرمَکُم عنداللہ اتقٰکم اِنَّ اللہ علیم خبیر(سورہ الحجرات ۱۳)

ترجمہٕ: اے لۆکو اسہِ کرِیؤتہٕ اَکہِ ہے مردَس تہٕ اَکہِ ہے زَنہِ نِش پأدٕ بیٚیہٕ بنأوِی توہہِ منٛز قبیلہٕ تہٕ ذأژ تاکہِ تُہۍ پرزٕنأیو اَکھأ اَکِس یتھ کٔنِن۔ پٔزِی پأٹھۍ چھُ توہہِ منٛز خدایس نِش سُہٕ بۆڈ تہٕ تھۆد (یٔزتس لایق) یُس توہہِ منٛز زیادٕ صاف تہٕ پاک (پرہیزگار) چھُ۔ خدا چھُ سأرِے خبر تہٕ اَتر تھاوان۔

ہِندِ بن ہِندِس مذہبس منٛز چھُ ذات پات اَکھ جُز تہٕ أمیک اثر چھُ مسلمانو تہِ رۆٹمُت۔ یہِ اَثر چھُنہٕ فقط کٔشیرِ منٛزٕے بٔلکہِ برصغیرس علاوٕ دُنیاہکین باقی مُلکن منٛز تہٕ۔ یۆ دۆے علمدارنہِ وِزِ مسلمان کٔشیرِ منٛز اقلیتس منٛز أسی مگر پیر و تہٕ درویشو أسی تمہٕ تہِ ذأژن ہِندِس بُنیادس پیٹھ بأگرأوِی یِتی قرآنُک یہِ فرمان (اِنَّ اکرمکم عنداللہ اتقٰکم)۔ ذات پات رَد چھُ کران مگر پننو ذأتی مفادو خأطرا وس عالمو اَتھ گوڈ بۆ رمُت۔

بھگوت گیتا یۆ دوے ہِندِبن ژۆن ذأژن منٛز بأگران چھِے۔ مگر توتہٕ چھُنہٕ سُہٕ اَکِس فرقس بیکس فرقس پیٹھ بجر یا تھزر دِوان۔ مثلن یہِ شلوک وُچھِو۔

Any body including woman,merchants laboursrs and evil minded can attain supreme abode by just surrendering into my will.o'

Arjun"(9:32)

یتھ کنی چھ تنان زِ بھگوت گیتاتہِ چھنہٕ ذات پاتس جائیز مانتھ پتٕر اوان۔
توتہِ چھِ ہندو برٛہمن پننہِ ذاژ پیٹھ بجرک دعوا کران۔ یہِ ذاژل بمارٕی چھے
مسلمانن منٛز علمدارنہِ وقتہٕ پیٹھ لٔج مژ۔ توے چھ علمدار رحؒ کن اتھی سماجس
تہٕ مذہبی بدعتس خلاف واعظ پران۔

ذات گرینشت کیا چھے سودا
ذات گر ینشت کیا مدعا چھے
ذات نو تھونے قبیلہ جدا
سارنی برۄٹھہ گدا چھُے

نسلِ انسانی ہُند آگر چھُ کٔنے۔ سارٕی انسان چھِ اکس مائلس تہٕ اکی سےٕ
ماجہِ ہنٛدی اولاد۔ یہِ چھ دُنیاہ کین بڈٕن مذہبن ہُند فلسفہٕ یمن منٛز یہوٗدی،
عیسائے تہٕ مسلمان خاص چھِ۔ اتھی پزرس کُن ظون پھران چھِ علمدار رحؒ
فرماوان۔

حضرت بابہ آدمؑ مولو
اَمہٕ حواؑ تتی آوو
اَدِ کتہِ ڈوٗنب ،واتل رولو
کوٗلس ہم کول کیا ہڈو

یتھ کنۍ چھُ علمدارؔ ذأژل بمٲری ہندِس سمٲجی ناسوٗرس خلاف جہاد کرِتھ اکھ رٲہبر social reformer سٕنز کٲم کران۔ یُتےٚ یوت نہٕ بلکہ چھُ سُہ بییہِ تہٕ أکِس مہلک سمٲجی بمارِ کُن تہٕ ظوٗن پھرِتھ بحیثیت اکھ سیٲسی لیڈر تہِ لوٗکن بروٗنہہ کُن یوان۔ یہِ مہلک بمٲری چھےٚ جاے پٲہن سیٲسی لیڈرن تہٕ حاکمَن تہٕ عام ملازمَن علاوٕ مذہبی پیشواہَن، درویشن تہٕ فقیرن منٛز دراینٛٹھی گژھان۔ علمدارنہِ وَقتہٕ اوس کٔشیرِ منٛز سیٲسی اِنتشار طَیس تخٕتس پیٹھ قبضہٕ کرنچ لڑٲے أس زورن پیٹھ۔

صدرالدین Rinchana سٕندی مَرنہٕ پتہٕ 1323 ہَس منٛز کھوٚت شاہمیر تخٕتس ییٚلہِ تمۍ کوٹہٕ رانی ہارٕ ناوو۔ تمۍ سٕندی جانشین علاوالدین تہٕ جمشید روٗدی کٔشیرِ ہُند امن بحال کرنس منٛز زیادٕ آوری تہٕ مذہبی معاملاتن سٕنہٕ نِس آو تمن کم موقہٕ اِتھہ لگنن آو ملن تہٕ بابَن مسلم اَقلیتی فِرقس منٛز پننی دال گرماونس پوٗرٕ پوٗر موقہٕ۔ رِشوت اگر دُنی یہس منٛز کانٛہہ نوٚو ناویا تجربہٕ آسہِ مگر کٔشیرِ منٛز چھُ یہِ ناووار یاہ پروٗن۔ پنہٕ نِس مکرٕ تہٕ مجرمانہٕ سماجس منٛز اوس علمدارؔس پنُن پان کُن ظوٗن دراینٛٹھی گژھان۔ تَس اوس پانس ورٲے سٲری لوٗکھ مکری تہٕ موردارلبنہٕ یوان۔ ییٚمہِ کتھِ ہنٛز باوتھ چھےٚ تم یتھ کنۍ کران۔

آرہ پلن منٛز ناگہٕ راد روٗدُس

سٲدا روٗدُس ژوٗرن منٛز

مُڈ گورن منز پنڈی تھا رۄدُس
راز ہوُنز رۄدُس کاوَن منز

رشوت خوری ہُند وۄباہ اوس حائے کرمَن تہٕ عام لۄکن کھۄتہٕ مذہبی تہٕ رۄحانی پیشواہَن منز زیادٕ لبنہٕ یوان۔ اَوے چھ اَسہِ علمدارؒ سنٛدِس کلامس منز مَلن، بابَن تہٕ دَرویشن خلاف تہُند ردِعمل ٹاکارٕ لبنہٕ یِوان۔ مثلن: رشوت خورَن متلق چھ تِم فرماوان۔

حرام ناٹن تہٕ بیٚیہٕ نخوتس
تِتھ کنٛز لاریاس یِتھ کنٛز ہوٗن
شیر خوار رۄدُس آدمی رَتس
اَدٕ پیوم ژنبس غرقہٕ وِزِ نوحؑ

علمدارؒ سُند سماج اوس کھۄنز خورَن، غوطہٕ خورَن، بے ایمانَن تہٕ اَپزاریوٚستی بٔرِتھ تمن چھ شیخِ کامِلؒ یِمہِ آیہِ نصیحت کران۔

تھپہٕ چھکھ دِوان گُہس
عقلہِ ہنٛز لبے نو دأنی
ہوٗن چھے گوٚمُت کھۄہَس
پاک گَتہِ سپدِ پأنی
دوگ چھکھ دِوان توہَس

کیاہ چھےٚ چانٛہ نادانی
گرمت چھُکھ مِلوان دوۄدِس
ہنبس پزی نہٕ دانی

دروِیشن ہٕنز شکم پروری، شہوت رانی تہٕ دُنیاہ دارِی پیٹھ طنٛز کران چھہِ علمدارؒ فرماوان۔

نمرۄد تہٕ شداد لاگِتھ رۄدی
اپُز دِتھ دروِیش ناو
تمہٕ ساری رس بُتھس پیٹھ مۄدی
اِمو منٛدِچھو فقرُک ناو

**یا**

أزِکی ریشی چھ کیٚلکی ریشی
تِمن کھبنس گُنٛہ غم
کھیتھ چیتھ تِمن خدائے مُشی
پیر ہے تُہ تہٕ رہزن گُم

**یا**

یتھ جایہِ دَف تہٕ رباب وَزان
تتھ جایہِ شیطان رضان أسی

تی آسن کران یِنہٖ آسہِ پڑان

توے خداے بلاے سوزان اُسی

عالٰی من ہنٗز بَد کردٲری تہٕ بے ایمانی ہُنٛد اول وانگُن چھُ علمدارؒ یمہِ آیہِ نوٗن کڈان۔

آرٕ روٗس وُچھی نکھ تورِ روٗس چھانا

اَرٕ کھور وَر ہوٗل گنا ہیو

یا

علما پوٗرو ووپھہٕ کے ہاو سے

ژھلس چھو زاگان اُکس اَکھ

دَپان اُسی چھ خاصُل خاصے

تَتہِ نو تَریو ساسہٕ منٛز اَکھ

عالمن ہنٗز شہوت رٲنی تہٕ زَر پرستی متلق چھِ علمدارؒ وَنان۔

نِبرَے شُمبلی تہٕ اُندرَے شوٗمی

ممبرس کھسان کٔری کٔری کار

ملے ڈٕلی زِ تہٕ مولاے رومی

نَتہٕ مَلہٕ ڈٕ ہٕشتھ پٔری زِ استغفار

عالٰی مَن تہٕ درویشن ہنٗزی شِکم پروَری ہنٛز لیٛتھ چھِ علمدارؒ فرماوان۔

ملہٕ چھی خوشحال ہٕدیٚس تہٕ سالَس

مُتی گیہ مالَس تہٕ مانچھس مُتی

رشوت خوٗری ہِنٛدی کُلی چھِ کٔشیرِ منٛز پیٚتی یاہ ٲرنی موٗل دِتی مُتی زِعلمدارسؒ چھ باسان زِ یہ کُل پوٚٹھِ دوہ کھوتہٕ دوہ۔ اَمہِ کُلیک باڑوسیاٗسی تہٕ مذہبی پیشواہَن منٛز کاڑ کڈتھ بنہِ یہ اکہِ دوہ خاتٔی مُک سبب۔ حضرت علمدارؒ چھِ اَتھ اِخلاقی گراوٹِچ شکلہِ منٛز تہٕ پیش کران۔ یُس قیامتہٕ کِنٛن نِشانَن منٛز اَکھ نِشانی چھےٚ۔

نصر بابہٕ بوز گورِ سُنٛد وَژن

سورِ ہِنٛدِ ووڈِ آسہِ مورِ سُنٛد تاج

وبتھ ہوکھن تہٕ ہنبر گرزن

سۄ مالہِ آسہِ واندر راج

**یا**

لُکھ پَتہٕ پَتہٕ پکن دُنی یاہ ژوٗرن

ممبرن مقبرن لاگن باج

گنہِ ووتلَن اکہِ گرنڈی بوڈن

سۄ مالہِ آسہِ واندر راج

تیٚلہِ مالہِ آسَن تِتھی کیٚرن

ٹنگ ژوٚنٹ پَن ژیرَن ستی

ماجہِ کورِ گُرِتھ اَتھواس نیرن

دوہ دہَن برَن غاٗرن ستی

خوش یِی حقس دُنیاہ لوٗرن

سُے مالہِ آسہِ واندر راج

یِمہِ پیشَن گوئی چھےٚ علمدارَنٚ شےٚ ہَتھ وٗری بروٚنٹھہ کرِمٕژ۔اَز ییٚلہِ یِمہِ سارے پیشن گوئی صحی ثابت چھےٚ گژھان علمدارنہِ رٗوحانی تھزرس بروٚنٹھہ گنہِ چھُ سون کلہٕ نمتھ روزان۔

# آش تہٕ آشنہٕ

خدایَن چھُ پرٛتھ زُوذاٗژ تہٕ بے زُوذاٗژ Non living Thing جورِ بنومُت۔بے جانَن منٛز چھُ نفی Negative اِثبات Positive تہٕ جاندارن منٛز نر ماد بنومُت۔اِتھے کنِن چھُ خدایِن مردٕ سِندِ خاطرٕ زٲنی اَکھ جور بنٲوِ مٕژ۔زٲنی چھےٚ مُہنیوٗ سِندِ خاطرٕ تہٕ مُہنیوٗ چھُ زنہٕ رٕکیُت اَکھ دَلُک سکوٗن۔اَمہِ کتھِ ہٕنٛز باوَتھ چھُ اللہ تعالیٰ قرآنس منٛز تہٕ یِتھٕ کنِن کران:

ان خلق لکم من انفسکم از وا جاً لتسکینوا ء الیھا و جعل بینکم مودت ورحمت (روم ۲۱)

ترجمہٕ: مےٚ کوٚر تُہنٛدے وٚ جوٚدِ منٛز تُہنٛد جورٕ پأدِ یُس تُہنٛدِ خاطر تسکین بنہِ۔ بیٚیہِ ترٛ ووُم توہہِ منٛز مامے تہٕ رَحم۔

علمدارؒ چھِ وَنان زِ اگر مردَس زٕنۍ خوش اخلاق تہٕ اَسہٕ وُنہِ ہونجہِ آسہِ تیٚلہِ بنہِ تٔمۍ سٕنٛز زندگی خوشحال تہٕ تسُنٛد گرٕ بنہِ اَکھ جنتٕک باغ۔

کیٚنٛژن زٕنۍ چھےٚ شہٕج بوٗنۍ
نیر نبر تہٕ شُہل پی

**یا**

أرکس جورٕ چھے طوطس ہأرے
گارِ عأش اَتے گتو

تہِ چھے کنن ہرگاہ مردَس زٕنۍ بَد اخلاق تہٕ بوٗمہٕ لٔدِنۍ یا ڈبکہٕ چأرِتھ آسہِ تسٕنٛز زندگی بنہِ ووبال تہٕ تسُنٛد گرٕ بنہِ اَکھ جہنم۔

کیٚنٛژن زٕنۍ چھے برٕ پیٹھ ہوٗنۍ
نٕرَکھ نبر تہٕ زٕنگے کھی
کیٚنٛژن زٕنۍ چھے وَدَل وُنۍ
کیٚنٛژن زٕنۍ چھے زَدل ژھیے

**یا**

غریبس کولے چھے کدأجی

تۆ ے شانیو پأجی مو

کرِوٕنی کروٕنی کران کھیٚیس نأجی

پُنِس تہٕ پاپَس بأجی مو

ژن تہٕ بَد خوے زَنانن گرٕہند کرنُک مقصد چُھ شیٚخ کأملن صرف زنٔن نُصحیت کرٕنی۔ زنٔن ہُنٛد رُت آسُن چھ مردٕ سٕنٛدِ خوش قسمتی تہٕ گرٕ بار خوشحال آسنٕچ ضمانت۔ ہر گاہ زٔنی بد اخلاق آسہِ تیٚلہِ چھنہٕ یہِ صرف دوٕن بأژن ہنٛز خرأبی بٔلکہِ اکہِ گرٕچ یا خاندانٕچ بربأدی۔

قومن ہنٛز بربأدی گیہِ عالمِ اَمِنٕچ ناپأیدأری۔ شیٚخ کأملہٕ سٕنٛدِ کلامُک تھزر تہٕ بجر چُھ اَسہِ تیٚلہِ نَنان ییٚلہِ أسی اُہُنٛد کانٛہہ شار سنجیدگی سان تہٕ غور و فکرِ سان پَرو۔ تُمی سُنٛد کلام چُھ سانہِ خأطرٕ وٕنی کینٛہہ اَکھ گاشہٕ مُنار۔

گاشہِ اَلم تیٚمی گامہٕ گامہٕ پھِر نأو

شیٚخ نوٗرٕ دیٖن ولیٚ کیٚاہ زبر درویش

علمکی نوٗرٕ ے پرٕ بزلان آفاق

بے خبرن منٛز چھکھ باخبر درویش



# تصوّفچ تأریخ

مشہوٗر اسلامی عالموٚ یمن منٛز اِمامِ غزالیؒ، خواجہ بہاوالدین نقشبندیؒ، شیٚخ احمد سرہندیؒ تہٕ شیٚخ نوٗر دین ولیؒ ناوہٕ نی لایق چھِ کوٚر اسلامی تصوفُک صحی تصوٗر پیش تِکیا زِ وِزِ وِزِ چھےٚ اَتھ منٛز غٲر اسلامی فلسفٕچ مِلاوٹ سپزمٕژ، یِمہِ سٟتی تصوٗفُک روٗے مسخ چھُ گوٚمُت۔ یتھ مضموٗنس منٛز گژھِ بہٕ اَمے کتھِ ہنٛز وَکھنے۔

اِسلام ینہٕ برٛونٛہہ دورِ جہالتس منٛز چھُ 'صوفہٕ' اَکھ قوم اوسمُت یُس خانے کعبُک مجاور اوس۔ تہٕ حاجین ہنٛدِ روزنُک تہٕ کھبنہٕ چینُک اِنتظام کران اَسی۔ اَمن منٛز پیوٚ غوث بن مُر بن طانجہ الیاس بن مقرس 'صوفہٕ' ناو۔ غوث سنٛز موج اَس لااولاد۔ تَمہِ اوس خدایس سٟتی وعدٕ کوٚرمُت (نذر مانہٕ مٕژ) زِ اگر تَس نیچوٗ زاو تہٕ سہ کرِ تَس خانہٕ کعبچ خدمژ خاطر وقف۔ تَمس زاو نیچوٗ

تہٕ ناوتھوونَس ''غوث''۔ أمؠ ہِے غوثَس پیوٚ ناو ''صوفہٕ'' أمؠ ہِنٛدی اولاد گیہِ ''صوفہٕ'' ناوٕ سٟتۍ مشہوٗر۔ دورِ جہالتس منٛز أسی ''قوم صوفہٕ'' حجک اعلان کران تہٕ لۄکن حج کَرنک اِجازت تہِ أسی یِمے دِوان۔ (مطالعہ تصوّف: ڈاکٹر غلام قادر لون ۱۴)

شیخ شہاب الدین سہروَردی چھ فرماوان زِ اِسلامس منٛز اوس نہٕ لفظ ''تصوّف'' یا ''صوفی'' لفظ استعمال کُنہِ جایہِ ئہ اوس رسول اللہؐ ہِنٛدِس زمانس منٛز کُنہِ جایہِ رأیج۔ اِبنِ خلدوٗن تہِ چھُ یِی مانان۔ مگر اِمام سیوطی چھِ وَنان زِ ابوالہاشم کوفی اوس گوڈنیک شخصیت یَس صوفی وَنان أسی۔ ابوالہاشم کوفی (وفات ۱۶۰ھ۔۔۔۷۷۶ھ) ہِسٕتۍ تسُند ہم کال جابر بن حیانَس تہِ أسی صوفی وَنان۔ دۄنوٕے أسی کوٗفکۍ روزَن وألۍ۔ کوفہٕ یُس شعیتُک مرکز اوس یِیٚتہِ گوڈٕ گو صوفی لفظُک استعمال۔ اَمہِ پتہٕ بصرہَس منٛز۔ کوفہٕ شہرس منٛز اوس ''مانی'' فکرِ ہُند اَثر تہٕ بصرہَس منٛز ہندوستأنۍ علم وفکرُک۔ مانی مذہبس منٛز چھُ عشق خداوندی ہُنٛد عناصر درینٛٹھی گژھان یِیلہِ زَنہٕ ہندوستأنی فلسفہٕ زیادٕ زور رہبأنتیس پیٹھ دِوان چھُ۔ (تصوف ایک تجزیاتی مطالعہ: ڈاکٹر عبیداللہ قراہی صفحہ نمبر ۲۰۔۱۹)

مسلمانن منٛز کِتھٕ کٔنن پھٔلیاوِ تصوّف، اَتھ بارس منٛز چھ علامہ اِقبالؒ پٔننۍ رائے یِتھٕ کٔنن دِوان۔

The rise and growth of ascetic sufism which

generally developed under the influence of non-islamic character a purely speculative side,is to a large extent responsible for this attitude.On its purely religious side Sufism fostered as a kind of revolt against the verbal quibles of our early doctors.The case of Sufiyan suri is an instant in this point.he was one of the acutest legal minds of the time and was nearly founder of a school of law,but being also intensely spritual.The dry dust subtleties of contemporary legists drove him to ascetic Sufism on its speculative side which developed later.Sufism is the form of free thought and in alliance with rationalism.The emphasis that laid on the distinction of Zahir and Batin (appearance and reality) created an attitude of indifference to all that applies to

appearance and not to reality(The Reconstruction....P.150)

دوٚیمہِ صدی ہجری منٛز سیّد خلیفہ مامُون رشیدٕنس دورس منٛز یوٗنانی فلسفہٕ، اَدب، تہٕ سائینسچن کتابن ترجمہٕ اَتھ ستۍ ستۍ گواپنیشد تہٕ یوگا چین واریاہن کتابن ہُنٛد ترجمہ تہِ ۔وحدت الوجوٗدک فلسفہٕ اون صوفی سرخیل ذنون مصرین (وفات ۲۴۵ھ) یوٗنانی فلسفہٕ منٛز کڈِتھ اِتھے کَنِن تجسیم تہٕ آواگونک فلسفہٕ آو ہندو تہٕ بدھ مذہبو منٛز کڈنہٕ ۔خلیفہ مامُون سٕنٛدِس دورس منٛز آزأدی اظہار خیالَس ستۍ ووت اکہِ انٛدٕ اِسلامس نوقصان تہٕ بێیکہِ انٛدٕ فأیِد ۔فأیِد ووت یٚیمہِ انٛدٕ زِ مسلمانن منٛز ہُر یاوعلم پَرُنک ،سونچُنک تہٕ تحقیق کَرُنک ذوق یٚیمہِ ستۍ مسلمانن منٛز وارِیاہ سائنسداں، فلسفی تہٕ توأریخ داں، جغرافیہ داں پأدٕ گیہِ ۔ بێیکہِ انٛدٕ ووت نوقصان یِتھ کَنِن زِ اعتقادس منٛز ژاے غأر اِسلأمی تصوّرات تصوفکس پردس تل ۔یَتھ متلق شیخ محمد سعید چھ لیکھان۔

No real influence can be shown to have been exerted over the muslim countries by Indian religions before the muslims began to take active interest in the launguage and culture of the indians. Al-Biruni is reported to

have been the first to study the sanskrit languege and geography,history, literature and thought of the indians;but that was long after the development of the sufi system had completed itself. So for the common muslim would rather despise a Hindu idolator than was accept his ideas.Hindu Buddistic mysticism involves the ideas of incarnation,transmigration of soul etc.Such ideas were entirely foriegn to Islam.(Shiekh M.saeed:'Studies in Muslim Philosophy'P 34-35

سِرِ تیج بُنِہ یا دترٲ وگوڈنبتھ یۆنانس منٛز پیتھاغورسن ۔ تٔمس پتہٕ بنیو اَفلاطوٗنن
Plato یہِ اَکھ مکمل فلسفہٕ ۔ پلاٹیونیس Plotinus اوس اَفلاطوٗنٕنی شاگردَن
پھٔہلوو یہِ فلسفہٕ سارِی سے رۄمن سلطنتس منٛزِ ۔

اَفلاطوٗن اوس سُقراط سُند شاگرد ۔ییلہِ سُقراطس وقتکی بادشاہن زہر دِتھ
399-B.C سزاے موت دِیُت ۔ اَفلاطوٗن ژٕول اتھنیسز Athens منٛز
تہٕ پھیوٚر بہن ؤری یَن (۳۹۸_۳۸۶_م) یوٗنان، مصر تہٕ اِٹلی کِہن

مُلکن ۔اُمہِ پَتہٕ ترووااتھی اتھنیسز نزدیک اَکھ تأئیمی اِدارٕ یتھ تُمی اَکادمی Academy ناوتھوو۔اۄری آسی لۄکھ علم پَرنہِ ئہ کہِ ڈگری حأصل کرنہِ یوان۔

شیمہِ صدی عیسوی منز ییلہِ یوٗنانس پیٹھ عیسأئی بادشاہَن Justinian قبضہٕ کۄرتہٕ تُمی کُریہِ اَکادمی کُفرک گڈھ زأنتھ (512 ق م منز) بُربادمگرامہِ کَنہٕ ووستادن آوزُوبچاونہٕ خأطرٕ ژٕلہٕ ٹک موقہٕ دِنہٕ۔تِمومنز ژٕلی اکثر ووستاد ایران ییٚتہِ تِمن نوشیروان بادشاہن پناہ دِیُت۔تِمی بنأوی تِمہٕ جندی شاپور کس (خورزستان) دأنش گاہَس منز پروفیسر۔ایرانس منز ییٚتہِ گوڈے بُدھ مَتک غلبہٕ اوس لۄب تِمو سازگار ماحول۔کینژن صٔدی یَن منز پھہلیا ویوٗنأنی فلسفہٕ مسلمان مُلکن منز یتھ کنہٕ بنیاو اتھنسز بجایہِ بغداد سائینس تہٕ فلسفک مرکز۔(زمان ومکان صفحہ نمبر ۱٦۰ وزیر حسن عابدی) عیسأئی رأہب ،مأنی تہٕ بُدھ بھکشو آسی بغدادس تہٕ بصرس منز وارِیاہ زور لدِتھ۔تصوّفس منز مقام Station تہٕ حال states أنی مسلمان صوفیو بُدھ مَت منز ووزِم۔ البیسر ونین کۄرٕ پتنجلی Patanjali سنسکرت یوگاہچ کتابہِ عربی یَس منز کُہمہِ صدی عیسوی یَس منز ترجمہٕ۔تیٚمی مسلمان صوفین پیٹھ زبردس اَثر ترٛوو۔تِمو رٕژی امومنز وارِیاہ آسَن خاصکرِتھ شہنٕ رنگن ہُند چرخا۔اَوے چھ جرمن مستشرق کریمر Kremer وَنان:

That muslim tasawuf is fundamentally Indian Yoga"

یوٗ ہے کتھ چھ علامہ اقبالؒ تہِ وَنان۔

مسلمانوں کی مذہبی رواداری کی وجہ سے اسلامی دنیا کے بڑے بڑے شہروں میں ہر قسم کی غیر اسلامی مذہبی تحریکیں نشو نما پائی تھی۔ اسلامی فرقوں کے مباحث کے علاوہ عیسائی رہبانیت، مانویت اور سمنانیت [ کا] بازار بھی بغداد و بصرے میں کچھ کم گرم نہ تھا اور بعض لوگ جو بظاہر مسلمان تھے۔ اپنے آپ کو ثنویت کا قایل بتاتے تھے۔ الندیم نے فہرست میں مسلمان زندیقوں کی ایک فہرست دی ہے اور جب ہم تصوف کے بعض پہلوں کی تفصیلات دیکھتے ہیں تو ہمیں معلوم ہوتا ہے کہ جس سے اس زمانے کی مذہبی حرّیت کا پتہ چلتا ہے۔ اسلامی تصوف نے بھی اسی آب و ہوا میں پرورش پائی۔ یہ تحریک اس کے ارتقاء پر ضرور موثر ہوئی ہے۔ مثلاً تصوف کا مسلہ مقامات اور تسبیح کا استعمال سمنانیت کے مسائل اور دستورالعمل سے مشابہت رکھتا ہے۔ اوائل صوفیہ اور عیسائی راہیوں کے لباس میں بھی مماثلت ہے اور رِگ [ کیماس] کو پاؤں کی انگلیوں میں پکڑ کر ایک خاص طریق پر بیٹھنا اور ضرب لگانا جو ہمارے بعض صوفیا میں مروج ہوئے ہے۔ قطعاً غیر اسلامی ہے۔ ریاضت کے یہ ہندی طریق غالباً گیارہویں

صدی میں مسلمانوں میں مروج ہوئے۔ جب کی البیرونی نے پتنجلی کے یوگ شاستر کا سنسکرت سے عربی میں ترجمہ کیا اور بعض مسلمان صوفیا نے غالباً اسی زمانہ میں ویدانیتوں کی تقلید میں یہ مذہب اختیار کرلیا کہ انسان کے جسم میں نور کے چھ مختلف [الوان] نقطے یا دائرے ہیں۔ اور صوفی کا مقصد یہ ہے کہ مراقبہ اور مجاہدے کے خاص طریقوں سے ان نقطوں کو حرکت میں لائے اور آخر کار ان کے اختلاف لون میں وہ نئے رنگ روشنی مشاہدہ کرے جس سے ہر شے روشن ہے اور جو خود غیر مرئی ہے ان نقطوں کی حرکت اور ان کے الوان کی حقیقی وحدت کے احساس سے جو جسم کے ترکیبی ذرات کو اذکار و مشاغل کی مدد سے خاص قسم کی جنبش سینے سے پیدا ہوتا ہے۔ صوفی کا تمام جسم منور ہو جاتا ہے۔ اور جب اس کو یہ معلوم ہوتا ہے کی خارجی نظام عالم میں بھی یہی نور جلوہ افروز ہے۔ تو غیریت کا احساس کلی طور پر فنا ہو جاتا ہے۔ غالباً انہیں باتوں سے جرمن مستشرق فان کریمر نے یہ نتیجہ نکال لیا کہ اسلامی تصوف ہندی الاصل ہے مگر ہماری رائے میں اسلامی تصوف اپنے ابتدائی مرحلوں میں ہندی خیالات سے مطلق متاثر نہیں ہوا۔ یہ بات تو علم الابراق ثابت کرے گا کہ کوئی فوری نقطے جسم انسانی میں ہیں یا نہیں۔ لیکن یہ ضرور معلوم ہوتا ہے کی گیارہویں صدی میں اور اس کے بعد بہت سے غیر اسلامی طریق ریاضت تصوف میں جذب ہو گئے جس کو طریق محمدی پر استقامت

کرنے والے بزرگوں نے کبھی وقعت کی نگاہ سے نہیں دیکھا۔ (تاریخ تصوف صفحہ نمبر ۳۸۔۳۹)

گوڈنچہِ صدی ہجری منز گذٲری مسلمانو شان وشوکچ زندگی۔ تِموٚ اوس قرآن تہٕ سنت رسولﷺ پننہِ زندگی ہُنٛد رہبر بناوِتھ۔ تِہُنٛد پرتھ کانٛہہ ژھوٚ اوس خدایہِ سٕنٛدِ وَتہٕ منز گذران۔ تِموٚ اوس اَمر بالمعروف تہٕ نہی عن المنکر پننہِ زندگی ہُنٛد لایحہ عمل بنومُت۔ پَتہٕ ییلہِ خلافت ملوکیتس منز تبدیل گیہِ مسلمانن ہنٛز زندگی تہٕ آو بدلاو۔ یُتاہ یُتاہ مسلمان بادشاہن اِقتدارُک چُسکہٕ ژاو تِمہٕ دوٚرییہِ قرآنہٕ تہٕ سنت نِش یتھ کنن گو اِسلام تہٕ سیاست الگ۔ لُکن ژاو رہبانٛیتُک پرکژ تِمہٕ گیہِ درویشن تہٕ راہبن نِشن پناہ منگنہِ۔ دویمہِ صدی ہجری منز بنووامہِ مقصد خاطرٕ صوٗفی ابو ہاشمن رملہ فلسطینس منز اَکھ خانقاہ ییمیُک خرچہٕ اَکی آتش پرست زرتشی یَن دِیُت۔ (اقبال کا تصوّرِ دین صفحہ نمبر ۲۶۸ از پروفیسر شفیق الرحمٰن ہاشمی)

اَمہِ پتہٕ روٗد خانقاہ بناونُک سلسلہٕ جاری۔ ژوٗرمہِ صدی عیسوی منز کوٚر بوعلی سینا ہَن اَکھ نظریہ پیش زِ روح چھُ دُنی یَہس منز تہٕ بکار یوان۔ اَمہِ ستی پھیوٚر لُکن ہُنٛد ظوٗن۔ اِتھ کنن بنیٲے لُکھ قبر پرست۔ (اقبال کا تصور دین صفحہ ۲۴۹)

ہُمہِ صدی عیسوی شیمہِ صدی ہجری منز سپُد کشیرِ منز اِسلام لوکچن ذاژن

ہٕنٛدبن لۆکن پانس کُن مأل پھرنَس منز کامیاب ییتھ کنِن سٕہ ہندوستانس منز کامیاب سپُد۔ لۆکھ اَس جوق دَرجوق اِسلامس منز دأخل سپدان۔ مسلمان صوٗفی (سادات) یِمہٕ اکثر ایران تہٕ وسط ایشیا پیٹھٕ کشیٖر آمتۍ اَسۍ، تِمن اَس واریاہن تہذیبن ہٕنز ملہٕ مِش پانس سٟتۍ اَتھ منز اَسۍ ویدانیت، بُدھ مذہب، زرتشت، نوفلاطوٗنیت (یوٗنأنی فلسفہٕ) بیترِ شأمِل۔ اِتھ کنِن گییہٕ واریاہ فِکرن ہٕنزی مدرسہٕ پأدٕ۔ یِمن ہٕنزی موٗل اکہِ اَندٕ ہندوستانس سٟتۍ تہٕ بیکہِ اَندٕ ایرانس تہٕ یوٗنانس سٟتۍ رَلان اَسۍ۔ (برج نور صفحہ ۱۳۴۔۱۳۵ جموں وکشمیر کلچرل اکادمی سرینگر)

اَمہِ سَبَبہٕ رُوٗد متکلمیس فلاسفرن Theological Dialectians تہٕ صوفین نومہٕ صدی پیٹھٕ بہمہِ صدی عیسوی تام پانہٕ وأنی خوٗن ریز کشمکش ییتھ کشمکشس منز منصوٗرس پھأسی آیہٕ دِنہٕ تہٕ شہاب الدین سہروردی متقل آو قتل کرنہٕ۔ ایران یا وسطِ ایشیا پیٹھٕ یِمہٕ صوٗفی بُزرگ کشیٖر آیہٕ تِمو اوس پانس سٟتۍ ایرأنی تصوّف سٟتۍ اَنمُت۔ ساداتو یہٕ کینٛژھا پانس سٟتۍ اون تِمیُک بُنیأدی حصہٕ اَسۍ ییتہٕ کَس مذہبی فلسفس منز گوڈے موجوٗد۔ یوٗ دوٗے تیٚج شکل بدلیمٕژ اَس۔ شِو مت اوس توحید (اَکس خدایس) مانان۔ بییہٕ اوس مرٕژ پوٗزا تہٕ رسوٗم پسندی نِش واریاہ دوٗر۔ مسلمان صوفیو تہٕ ساداتو دِیُت اَمہٕ اُصوٗلن پیٹھٕ زور تہٕ سٟتۍ تھوٗ ہَس رسول اللہؐ پیٹھٕ ایمان آنُن۔ اِتھ کنِن باسیاو

نہٕ لۄکن یہِ کانٛہہ نۄ ویا مُشکل مذہب۔ بلکہ حالاتن تہٕ مزاجس موأفق یُس لۄکن وَیہِ وُن اوس۔

## خدایہِ سُنٛد تصوّر

## ( CONCEPTOFGOD )

خدایہِ سُنٛد تصوٗر چھُ مختلف اندازٕ بیان کرنہٕ آمُت۔ ہندوستانس منٛز اوس گوڈٕ گوڈٕ اپنیشدن ہُنٛد فلسفہٕ رأیج۔ یُس وحدت الوجوٗدُک قأیل اوس۔ یہِ فلسفہٕ ہیوٚک نہٕ لۄکن منٛز پزٕ پرأئی حاصِل گرِتھ۔ لۄکن ہُنٛد مذہب بنیاو ویتھہ کنی۔

(۱) سارِوے کھوتہٕ کھسِتھ لۄکھ اُسی وجوٗدِ مطلق ( دَے ) سٕنٛز عبادتھ کران۔

(۲) تمن وٕستھ اُسی رام، کرشن تہٕ بُدھ سٕنٛد بن اوتارن ہٕنٛز پوٗزا کران۔

(۳) تمن وٕستھ اُسی روٗحن ہٕنٛز پوٗزا کران یا نارس یا آبس پوٗزا کران۔

(۴) سارِوے کھوتہٕ وٕستھ لۄکھ اُسی پوتلن ہٕنٛز پوٗزا کران۔

شاگتو ( شکتی ہٕنٛدی پُجأری ) دِیُت خدایس ماجہِ ہُنٛد روٗپ۔ مأج چھے مألی سٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ شِہج تہٕ مٕنٛج آسان۔ اُمچ مثال آیہِ گایہِ ستی دِنہٕ یُس پنٛنِس وُٹھس زیوِ ستی لوٗی لوٗی گندگی دوٗر چھے کران۔ ( ہندو فلسفہ مذہب اور نظام معاشرت صفحہ نمبر ۳۴ ڈاکٹر سید عابد حسین )

کینٛژھن دیویَن ہُند ناوتہٕ آو ماجہٕ ہِندِس ناوس سٟتؠ رَلاونہٕ۔ مثلن کالی ماتا بیترِ۔ ہندی پأٹھؠ چھِ وَنان ''ناری بھگوان کاروپ ہے'' (ایضاً صفحہ نمبر ۳۱)

(۲) یہوٗدی چھِ خدایس أکس جأبر شہنشاہ سٕندِ شکلہِ منٛز وُچھان تہٕ اِسرائیل کیٚن لوٗکن سٟتؠ چھُ تٔسند تعلق تتھ کنٕن یتھ کنٕن أکس غأرت مند رأنس پٔننہ ٹاٹھِ زَنانہٕ سٟتؠ آسان چھُ۔ سُہ چھُ پٔننہِ زَنانہٕ ہندی سأری خطا معاف کرنس تیار مگر تٔمی سُند وٕپرمردس سٟتؠ یارانہٕ کرِنہٕ سُہ بَرداش۔

(۳) عیسأئی مذہبن روٗٹ خدایہٕ سُند تصوّر رأنس بجایہٕ مألی سُند کیا زِ موٗل چھُ پٔننین شُرین پیٹھ رحم تہٕ شفقت کران۔ اَوے چھُ اکثر جایَن Bible کتابہِ منٛز خدایس GOd بجایہ Father لیکھنہٕ آمُت۔

(۴) اِسلامس منٛز چھُ خدایہٕ سُند تصوّر یتھ کنٕ:۔ خدا چھُ اول، آخر، ظأہر تہٕ بأطن۔ سُہ چھُ زندٕ تہٕ زندگی دِنہٕ وول۔ سُہ چھُ زمان، مکان، تہٕ حواس کہِ سرحدو نبر۔ سُہ چھُ پأدٕ کرن وول تہٕ تہٕ مارَن وول تہِ۔ سُہ چھُ مألِک تمام کائناتُک۔ سُے چھُ رَچھن وول تہٕ مدد کرن وول تہٕ تمام مصیبتو نِش بچاوَن وول۔ سُہ چھُ رحمٰن، رحیم تہٕ بخشن ہار۔ تَس چھُنہٕ کانٛہہ شریک۔ سُہ چھُنہٕ کانٛسہِ زامُت نٕہ چھُ تَس کانٛہہ زامُت۔ سُہ چھُ گاش تہٕ واریاہ گاش۔ قرآن چھُ خدایہٕ سٕندِ گاشچ تمثیل یِمن لفظن منٛز باوان۔

خدا چھُ آسمانٛک تہٕ زمینٛک نوٗر۔ تٔمی سٕندِ نوٗرٕچ مثال چھےٚ اکہِ تاقچ یتھ منٛز أکھ

ژۄنگ چھ ۔یہِ ژۄنگ چھ اُکس شیشس منز ۔یہِ شیشہِ چھ اکھ پربزلوُن تارُک ۔یتھ منز اکہِ پاک کُلہِ زَیتوٗنک تیل چھ زالنہٕ یِوان۔یتھ نہٕ مشرقس کُن تہٕ نہٕ مغربس کُن بُتھ چھ ۔یہِ تیل چھ نارٕ ورأے تہِ دَزان۔

(سورہ نور آیت ۳۵)

مولانا ابوالکلام آزاد چھ یمن لفظن منز اسلامُک خدایہِ سُند تصوُر باوان۔

''اِسلام نے اپنے عقیدے کی بنیاد سرتاسر تنزیہ پر رکھی۔لَیسَ کمثلہِ شئیٌ میں تشبیہ کی ایسی عام اور قطعی نفی کردی کہ ہمارے تصّوری تشخص کے لئے کچھ بھی نہیں رہا۔لا تقربو اللہ الامثال: نے تمثیلوں کے سارے دروازے بند کردیے۔لا تدرکہُ الا بصارُ اور لن ترانی ولا کِنِ انظُر الیٰ الجبلِ نے ادراک حقیقت کی کوئی اُمید باقی نہ چھوڑدی۔(فلسفہ صفحہ ۵۴)

صوٗفی چھ خدایَس اکھ روٗح مانان۔پَتٕن وۄجوٗد چھ اَمے روٗحُک اکھ حصہٕ زانان۔چوٗنکہِ روٗح چھ مونث تہِ چھ یمو شاروتلہٕ ٹاکارٕ نَنان۔

دَپان آسبس میوٗنے سپُن تَے

منز پیٚیم دَلال دَپُن



پٔہی پَن وأجنس لأجنس ژھٔٹن تے

گرٕ ہس تعویز پَن



پامن لاجنس رٔٹس دامن تَے
گیوٚنم کُلِ عالمن



اَلمن بہٕ کھاجنس چھُمنہٕ ہمن تَے
کیا لیوٚکھنم قلمن

(شٕش رنگ: رحمٰن ڈار)

## عشقہٕ مجاز

عشقہٕ مجازُک تصوٗر چھ اِسلامی تصوفس منٛز بٔٹلی (ہندومت)۔کنی ژامُت۔بٔٹہٕ مذہبس منٛز چھ یہٕ کرشن بھگوان سٕنٛدِ زندگی منٛز ثابت سپدان۔یٮ۪لہٕ تسُنٛد عشق اَکس وہ پر زَنانہِ رادھاہس ستی سپدان چھُ۔سُہ چھ بھگوان سُنٛد روٗپ اَکس خوٗبصورت زَنانہِ منٛز وُچھان۔اَوے چھِ بٔٹہٕ پاٹھی وَنان ''ناری بھگوان کا روپ ہے'' ہندی شاعروعلاوٕ چھُ کاشرِ صوٗفی شاعرتہِ ظاہری حُسنہٕ منٛز اصلی حُسن ڈیشنُک تجربہٕ کوٚرمُت۔بنگالُک اَکھ شاعر چنڈی داسَس متلق چھ میراجی لیکھان۔

”۔۔۔ایسی محبت میں اور ایک بات بھی ممتاز ہے۔ عاشق کو کوئی عورت اپنی نہیں دِکھائی دیتی۔ سماج کے ذریعے اور رضا مندی سے حاصل شُدہ عورت ایک سودا سا ہوتا ہے۔ اس سے کیا محبت کی جائے اسی لئے نامحرم عورت ہی اس کی عشقی توجہات کا مرکز بن جاتی ہے۔ کیوں کہ اس سے ملنا ناممکن سا نظر آتا ہے۔ ان حالات کے ماتحت ہی شعر و ادب میں وہ پہلو بیدار ہوتا ہے ۔ جسے پراکیہ رس کہتے ہیں۔ (پراکیہ کے معنیٰ نامحرم کے ہیں) اور ایسی محبت کے متعلقہ روحانیت ہی نے ویشو شعرا کو ایک مماثل افسانہ مہیا کر دیا جو بظاہر انسانی جذبات کی تمام گہرائیاں رکھتے ہوئے اس لایق تھا اس کی شرح ایک اور رنگ میں بھی کی جا سکے۔ اور اسے خدا کے لئے انسانی استعارہ قرار دے دیا جائے۔ بنگالی ویشوون کے لحاظ سے رادھا راجہ ورشن بھانو کی بیٹی اور آین گھوش کی بیوی ہے اور ایک نٹ کھٹ کھلنڈرے گوپال کرشن کی چاہت میں گرفتار ہو جاتی ہے۔ لیکن رادھا صرف ایک عورت ہی نہیں ویشیوؤں کی نظر میں وہ انسانی روح ہے اور کرشن گوپال وہ ابدی روح ہے۔ جس کی آرزو میں انسان ازل سے ابد تک محو جستجو ہے۔“ (مشرق و مغرب کے نغمے صفحہ نمبر ۱۷۵)

وِشنوچُھ انسانس منز رام تہٕ کرشن ہٕندٕ بن روپن منز ظاہر (اوتار) سپُد مُت۔ رام یُس اخلاقی ضابِطن ہُنٛد احترام کرن وول پاٚغمبر چھُ۔ اَتھ برعکس چھُ

کرشن شُراہَن ساسَن زَنانن ہُنٛد رۄن یَس اَکھ لچھ تہٕ شیتھ ساس نٟچی اُسی۔

ڈاکٹر وزیر آغا چھ شیوس متلق لکھان۔

''شیو زرخیزی کا دیوتا ہے۔اور جنسی جذبات کو نمایاں ترین صورت میں پیش کرتا ہے۔شو لِنگ کی پوجا کا تصّور وادی سندھ کے زمانے میں عام تھا۔اسکی بیوی کا نام پاروتی ہے۔پاروتی دراصل شو کی شکتی ہے۔شو کی گردن کے ساتھ سانپ چمٹے ہوئے ہیں جو اس کے کردار کے جنسی پہلو ہی کو اجاگر کرتے ہیں''

(ڈاکٹر وزیر آغا،اردو شاعری کا مزاج ۹۴)

اِسلامس منز چھ جنٛسSex اَکھ رٕژ کاَم تیلہِ یوان مانٕنہٕ ییلہِ یہِ پاک رِشتس منز نکاح کہِ ذٔریِ یہِ گنٛڈنہٕ یِیہِ۔بیٚیہِ اُمی یُک ہَرتِہ Enjoyement ژۄرِ ژھیٚپہِ ٹُلنہٕ یِیہِ۔اِمَن دۄن شرطن پیٹھ چھSex اَکھ عبادتھ یوان مانٕنہٕ۔مگر ہندی مذہبَس منز چھ جنٛسَس پۄز ا یوان گرنہٕ۔یتھ کنٕن چھ اُچ چھاپ زندگی ہٕندبن واریاہن شعبن Deparments پیٹھ پیمٕژ۔جنٛسSex چھ ہندبن منز یۄتاہ نۄن تہٕ عُریاں سپُد مُت زِ تمِچ ننگہٕ گی چھنہٕ ننگہٕ گی باسان۔جنٛسہٕ کِس اَتھ عُریانیتس متلق چھ گوپی چند نارنگ لکھان۔

''ہندوستانی مصوّری،سنگ تراشی اور موسیقی میں جنس کا عمل دخل دنیا کی کسی بھی تہذیب سی کہیں زیادہ ہے۔یہاں راگ راگنیاں بھی حسیناوں کے پیکر میں ڈھل کر سامنے آتی ہے۔کجھوراہو یا یا کونارک کی سنگ تراشی ہو یا اجنتا

ایلوار، باگھ اور ایراوتی کی مجسمہ سازی یا نقاشی ، ہر جگہ جنس کا اظہار آزادانہ اور بھرپور طریقے پر ہوا ہے۔ اس میں لذت کا پہلو یقیناً ہے لیکن اس عظیم مسرت کے روپ میں جو انسان کو فطرت کا سب سے اہم عطیہ ہے۔ دراصل سارا معاملہ تخلیق کے لامتناہی عمل کا ہے۔ ہندوستانی روایت میں جنس کے جسمانی پہلو کو اس کے روحانی پہلو سے الگ کر کے دیکھا ہی نہیں جاتا۔ یا پھر یوں کہا جاسکتا ہے۔ کہ جنس کے جسمانی پہلو کی کچھ اس طرح سے تطہیر اور تقدیس کردی گئی ہے کہ عریانت عریانت نہیں رہی'' (ترقی پسندی: جدیدیت مابعد جدیدیت صفحہ ۳۵۰)

کینژ وکأشر بوٗگوٗنما توٗچھ مجازُک تجرُبہٕ اکِہ نتہٕ بێکہِ رنگہٕ وَرتومُت مثالہٕ پأٹھی گرٕبہٕ رُسل میرٕنی یمہٕ کینژ وَژن بیان۔

1

شوٗبہِ شاباش چانہِ پوٚت ژھایہِ لولو
رِندٕ پوشہِ مال گِندنے دژایہِ لولو
رازٕ ہٕنزِ یانہِ ناز کٲتاہ أنزنہِ گردَن
یا اِلٰہی چُشمہٕ بَد نِش رَچھتَن
گَم کٲتاہ گرٛژھِ چانہِ بارگاہِ لولو
زأنی وانگن کأنی یێلہِ لگَہِ شُمار

پَچھ لگنس گنٛزرَنس لچھ تےَ ہزار
تمہِ شایہِ نو موکلن پایہِ لولو
حلقہِ بندٕ تٔلی شۆبان نارِ پستان
تی ڈیشتھ عاشقن دِل لۆبان
وۆل رُسل میٚر چانے مایہِ لولو

2

قد چون الف لام زُلف میم دَہن چھی
پۆر عقلہِ سبق شکلہِ الف لام نِگارو
شمشاد قامتھ گُلبدن لب غنچہ سُمبل موے
بنگٲلی چشمہٕ جودٕ چشمہٕ چھےٚ بادام نِگارو
وُچھ آفتابن چون ژندن موکھ تہٕ ڈۆلس رنگ
گژھ کاژ توے زۆن چھُس سر شام نگارو
سیتایہِ گتھ گری لولہِ نارس بالہٕ یارس پتھ
کم گیپت وٕنی وٕنی رام کۆر تمی رام نگارو
رُسلؔ چھُ زانتھ دیٖن و مذہب روخ تہٕ زُلف چانٔی
کو زانہِ کیاہ گو کُفر تےَ اِسلام نگارو

3

چون پگہٕ نُے پزٕر نو مَے دۄری یے

وۄلَے کۆستۄریے پٔری مَے ژاو نیٖری یے

رُسل میرٲن ژھاے ڈیشتھ زاۓنی کھے

قد متو بر سروِ بالا ماۓنی کھے

دَے تیٖلہِ دی تَے ڈٔکہٕ پانَے ژیٖہہ پۄریے

وۄلَے کۆستۄریے پٔری مَے ژاو نیٖری یے

1800-1700 عیسوی یَس تام چھ مسلمانن ہٕندِ تأریخُک أنہٕر کال کال DarkAge مانہٕ یوان۔ اَتھ دورَس منٛز سپُد دُنی یِہکٕس ژورَن بڑٕ بن مسلمان مُلکن تُرکی، ایٖران، ہندوستان تہٕ انڈونیشیاہک زوال۔ اُہُنٛد زوال سپُد اَمہِ وجہ زِ اموٚ مُلکو ژ وعلم اَتھہِ منٛزٕ تہٕ لگی خابَن ہنٛدٕ بن دُنی یَہس منٛز دوہ دوہ کڈنہِ۔ وَتہٕ قتیٖح علمی ترقی نِش رُٗدی تِمہٕ دۄرِ تہٕ سائینسی ترقی فوجی طاقتس کُن دِیُت نٔہ تِمو کانٛہہ توجہ۔ سیاسی وۄ جوٗہاتو علاوٕ أسی بیٚیہِ کیٚنٛہہ غأر سیاسی وجہ تہِ مسلمانن ہٕندِ زوالُک وجہ تِمن منٛز چھِ۔

(ا) تقلید: یعنے اِجتہاد نِش لۆب روزُن۔ مسلمانن منٛز گیہِ عقلہِ ہٕنٛدی تہٕ سوٚچنٛکی درواز بند تہٕ أسی فقط پَتھ کالَس کُن وُچھان۔ فِقہٕ ہَس منٛز نیہِ وَتہٕ تلاش کرنہِ اوس توہین باسان۔

(۲) تقدیر پرستی: مسلمان بنیایہِ تقدیر پرست تہٕ بے عمل۔ بیمارٕ بن تہٕ

قحطس اُسی تِمہٕ ناقابٕل علاج زانان تِکیاز تِمہٕ اُسی سائینسی علوٗم نِش دوٗر یا ہِتی ییلہِ زَن پتھ کالِس منٛز ٲمہِ ،ٲہمِ تہٕ کُہمہِ صدی عیسوی منٛز مسلمان سائینس دانَن ہُند دِیت دُنی یہس سبٹھاہ اوس۔ اَنہِ کالِس منٛز لوٗب تقدیر پرستی پوچھرتہٕ مسلمان بنیایہِ کاہِل تہٕ جاہِل تہٕ۔

(۳) تصوف: تصوفن دِیت پیر پرستی پوچھرتہٕ پیر آیہِ دُنی یہس منٛز خدایہِ سٕندی اوتار مانَنہٕ۔لوٗکھ اُسی تِمن ڈالہِ تہٕ نیاز دِوان۔ یِتھ کٔنن گولوٗٹہٕ ٹُک سہل طریقہٕ ایجاد۔ یہِ طریقہٕ چُھ اسلام یِنہٕ بروٗنہہ تہِ اوسُمت جأری۔ یہِ چُھ قرآن یِتھ کنیٛ وَنان۔

ان کثیراً من احبار ھم ورھبانھم لیا کلو اموال الناس بالباطل ویصدون عن سبیل اللہ(التوبہ ٣٤)

ترجمہٕ: اکثر عالم تہٕ دَرویش چھِ لوٗکن ہُند مال غلط طریقو کھوان تہٕ بیٛیہ تِمن خدایہٕ سٕندِ وَتہِ نِش رُکاوان۔

بقولِ اقبالؒ:

نذرانہ نہیں سود ہے پیرانِ حرم کا
ہر فرقہ سالوس کے اندر ہے مہاجن

پیر پرستی دِیت قبر پرستی پوچھر یِتھ کٔنن آوٲستانَن پیٹھ عرس مناوٕنٕک بدعت تہٕ وٗجوٗدس منٛز۔یُس عام لوٗکن باج ہنگ بیاکھ ذٔریہِ بنیاو۔ تیچ وَکھنے شیخ

العالمؒ تہِ چھ کران۔

لؤکھ پتہٕ پتہٕ دُنیاہ ژؤرن
ممبرن مقبرن لاگن باج

تصوُف مسلمانن ہنٛدِ زوالک اَکھ اہم وجہ بیان کران چھ سی،اے،قادر
C.A.Qadir لیکھان:

Mysticism not only bred fatalistic tendencies,it alsoencouragedindiffererencetosocial morality.As the pir was supremely concerned with the betterment of soul,so were his protege.for the spritual uplift of the soul the cultivation of other worldly attitude, asceticism and renunciation came as necessary prescription. Self denial and detachment were deemed the highest virtues.The prevalence of saint worship and adherence to the mystic cult left no scope for the development of practical ethics.The masses could be early aroused

to........................................................

The neglect of social and practical ethics cancelled all progremmes of humilation activity and left the muslims for the regeneration of the masses. If anything happened in that direction, it was just by chance and not as a result of some well planned scheme. The society was left to drift to sink or to swim as it may. The chances of its sinking exceeded there of swimming and it actually did sink under the severe demandş of life and the world aroụnd. The decline was all round. The muslims lost their empires, The muslim society went to pieces; science and philosophy disappeared.

(M.M.Sherif, A History of Muslism Philosophy. Vol-2, P.1432)

علم Belief system چھُ أ ِکس فردَس تہٕ أ ِکس قومس تقدیٖر بناوَنس

منز اَکھ اہم رول ادا کران ۔ عیسائی ، بودھ تہٕ ہِندی چھِ دُنی یَہس بے مانے تہٕ زندگی اَکھ عذاب مانان تہٕ رہبانیت چھے تِہنٛدن مذہبن منز جایز ۔ مگر اسلامس منز چھنہٕ رہبانیت جایز ۔ قرآن چھُ کایِناتس اَکھ بامانے تخلیق مانان تہٕ انسانس نایبِ خدایہِ سُند رُتبہٕ دِوان ۔ یَس کایِناتس پیٹھ حکمران بنُن چھُ ۔ قرآن چھُ علمس تہٕ تحقیقس پیٹھ زور دِوان ۔ غارٕ مُسلمو پانہٕ ناوی اِسلامکی یمہ اصوٗل تہٕ پرأوِکھ ترقی ۔ مُسلمانن پُشرأوِکھ رہبانیت تہٕ تھأوِکھ زندگی ہِندِس پربتھ شعبس منز پتھ ۔ یتھ کنِن روٗدی تمہٕ وُنی کنبس دُنی یَہس منز محکوٗم تہٕ مظلوٗم ۔



# آزادٕنی منظر نِگآری

کاشرِ زبانی منز چھ عبدا لاحد آزاد وُہمہِ صدی عیسوی ہُند شاعر۔ وُہمہِ صدی ہنز کاشر شاعری چھےٚ پَننہِ پتھ کالہٕ نِشہِ مکمل بیوٚن۔ پتھ کالچ شاعری چھےٚ یہِ دٕلِ زِیتہٕ اکہِ ہےٚ موضوعس یانے تصوفس تام محدوٗد مگر وُہمہِ صدی منز بدلے اَمچ نہج۔ تصوف علاوٕ عام انسان تہٕ قدرتکی ماری مُندی نظارٕ بنےیہِ اَمکی موضوع۔ اَتھی دَوِرَس منز روٗد غلام احمد مہجوٗر تہٕ عبدالاحد آزاد سرس۔ یوٚ دوٚےٚ مہجوٗرنہِ شاعری ہُند موضوع کشیرِ ہُند عام انسان چھُ۔ مگر سُہ چھ تمی ہٕندبن مسلن ہُند ذِمہٕ دار وَتتھ سیاسی نظام ٹھہراوان۔ بیٚیہِ اَندٕ چھ آزاد تہٕ عام انسانہٕ ہٕندبن مسائیلن ہنز وَکھنےٚ کران۔ مگر سُہ چھ پتھر پیٚمتِس انسانہٕ ہنزِ بدحالی ہُند ذمہٕ دار سماجی نظام ٹھہراوان۔ میانہٕ ییٚمہِ مقالُک موضوع

چھنہٕ یہ ٲبۍ کہِ آزادٕ نٕ منظر نگٲری۔ آزادنہِ شاعری منز آسہِ قُدرتچہِ حُسنچ عکٲسی وِزِ وِزِ درینٛٹھۍ گژھان مگر کینٛہہ نظمہٕ یاوَژن چھِ تموفقط Natural اَتھۍ موضوعس پیٹھ لیچھ مژ۔ یمن منز پانٛژادر، وبتھ تہٕ ڈری یاو تھکنٕۍ لایق چھےٚ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ شینہٕ ماٲنۍ، وَنٕچ یارٕ تہٕ آرٕ وَل، بہار تہٕ سوٚنتھ بیترِ قابلِ ذِکر۔ یتھ مقالس منز کرٕ بہٕ فقط گوڈنکین ترٛین نظمن ہنٛز وَکھنَے۔

پانٛژادر: پانٛژادر چھےٚ آزادٕ نٕ اَکھ نظم یتھ منز سہ اَکہِ پانٛژادرِ ہنٛز تصویر کھینچان چھُ۔ یہ پانٛژادر چھےٚ اَصلی آرٕ بلُک آبشار۔ یُس یمہٕ شاروتل ٹاکارٕ نَنان چھِ:

آرٕ بل چھکھ روشہٕ روشہٕ پکان
یارِ چھےٚ کارِ پٲتۍ پوش چھکان
نَرِ آلوان ڈٕچھنۍ کھوورے
روز دَما پاں ژادرے

آبشارٕچ تارٕیف کران چھُ آزاد آبشارس انسانہٕ سنٛزِ زندگی ستۍ تشبیہ دِتھ اَسہِ زندگی گُذارنک طریقہٕ ہیٚچھناوان۔ مثلن یمو شاروتلہٕ چھُ نَنان زِ زندگی چھےٚ میچھر تیٚلہِ تیٚلہِ یہ بےٚ قرار تہٕ پکان دوان روزِ۔

سوز کیٛاہ میوٚٹھ چاٲنس سازَس
تگہِ بوزُن محرم رازَس
چھےٚ یہِ گژھان جگرس ژٕرۍ ژٕرۍ یے

روز دما پاں ژادرَے
چُھکھ نہٕ زنٛبس تہٕ مَرنَس ڈران
زندگی ہُنٛد سفر کران
زندٕ چُھکھ ژٕ گژھان مٔرِ مٔرِ یے
روز دما پاں ژادرِے

وٕتھ: وٕتھ چھےٚ کٔشیرِ ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بٔڈ دٔرِ یاو یتھ عُرفہِ عامس منٛز جہلم وَنان چھِ۔ آزادن چھےٚ اَکھ نظم۔ مگر اَتھ وَژنس منٛز چھِ آزاد فقط اَمِچ ظٲہری تہٕ بٲطنی خوٗبصوٗرتی ہنٛز تارٖیف کران۔

ویرِ ناگٕچ مارٕ منٛزٕ ہٕرِ یے
سوندرِیے بوز میاٗنی زار
ہِندراژٕنی ہا سوندرِیے
چوٗن مالِیُن تل پاتال

اَتھی نظمہِ منٛز چھُ آزادنہٕ کانٛہہ اِنفرٲدی تہٕ نہٕ کانٛہہ اجتمٲئی پأغام دِوان۔ البتہٕ چھُ سُہ زندگی ہُنٛد پأغام "دٔرِ یاو" نظمہِ منٛز دِوان۔ مثلن اَمہِ نظمہِ ہُنٛد گوڈٕ شار چھُ یتھ کٕنۍ۔

ژلان چُھم شرحبابن اضطرابن وَلولن اندر
یِوان چُھم زندگیہ ہُنٛد سوز سفرن مٔنزلن اندر

ڈری یاو ییتھ کنن پنہٕ نہٕ سفرِ چ ڈلیل وَنان چھ اِتھے کنن گژھ انسان سٕنز زندگی تہٕ آسنۍ۔ انسان گژھِ زندگی منز بروٚنہہ پکُن، ہیچھن نہٕ کہِ پتھ ژلُن۔ مُشکلن تہٕ زَلزلن منز چھ انسان نارٕ دژ امُت سون بنان۔

مےٚ عادت چھے نہٕ پَتھ پھیرُن
مےٚ نِش گو بروٚنہہ کُنے نیرُن
نہٕ چھس گُل پان چھُم شیرُن
نہٕ بُلبُل اول چھُم ییرُن
نہٕ چھُس خوش پیچ و تابن اِنقلابن زَلزلن اندر
یِوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن منزلن اندر

انسانہٕ سٕنز شخصیت Personality چھےٚ سماجس منز نِکھران تہٕ پرٕزلان۔ یِوٚ دوٚے سماجس منز تِمس کانٛہہ مُشکلاتن ہُنٛد مقابلہٕ چھ پیوان کرُن مگر تتھی منز چھُ زندگی گُذارنُک لُطف۔ انسان ہیکہِ نہٕ سماجہٕ بر جنگلن یا وَنن منز اَکھ بہتر زندگی گُذٲرِتھ۔ آزاد چھِ اَوے وَنان۔

نہٕ چھُس رِنداہ نہٕ مستاناہ، بہٕ چھُس اَکھ لولہٕ دیوانہ
گہے گرداب گاہ سہلاب گاہے تیز طوٗفانا
دِلن ہنٛز شوٗب سٕدرُک شان میانین وَلولن اندر
یِوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن مٔنزلن اندر

أکس انسانس پزِ دُنی یَہس منز انسان دوست بنُن۔ خود غرضی بجایہِ بے غرٕض آسُن۔ یہِ گتھ چھےٚ آزادٕ ری یا وچہِ زبانٕی تہٕ تھ کنن ہیچھِ ناوان۔

پنُن پان آیتن چھُم تھوومُت ساٗرسے جہانس رِکیُت
پنُن زُو پیشکش تھووُم زمینس تہِ زمانس رِکیُت
وَنے پزاُرن تہٕ ٹُھہرُن چھےٚ نہٕ میٲنین مشغلن اندر
یِوان چھُم زندگیہ ہُنٛد سوز سفرن منٛزلن اندر

انسان سٕنٛز زندگی تہٕ بیٚیہِ ساٗری زُوزٕ اژِ چھ آبس پیٹھ دارومدار تھاٗوِتھ۔ آبٕچ قدٕرتہٕ اہمیت زانٕنۍ چھےٚ ضۆرۆری۔ أزی کس دُنی یَہس منز چھِ اَتھ پیٹھ واریاہ دیٲریِوان خرچاونہٕ زِ آبٕچ اولٕو دگی چھےٚ انساٗنی زندگی خاطرٕ زہر ثابت سپدان۔

یہٕ چوونس زندگی ہُنٛد مے بہارن سٕتۍ تھاٗونم لے
وزان چھُ مُدرِ سوزٕ چ نَے چوان چُھس پیالہٕ پےٚ درپے
پیامِ گُل شے مے چھُ میٲنین وَلولن اندر
یِوان چُھم زندگیہ ہُنٛد سوز سفرن منٛزلن اندر

خدایَن چھُ انسان اَشرفُ المخلوقات بنومُت۔ یہِ چھُ فطرتن آزأدی پسندتہٕ غولأمی سٕتۍ نفرت کران۔ انسانہٕ سٕنٛز یہِ فطرت چھےٚ ڈٕری یا وٕتہٕ تھ کنن آشکار کران۔

غولاما چھنہٕ کانٛہہ تھاوِم مے پنجرن ہانکلن اندر
یِوان چُھم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزلن اندر

**یا**

طبعیت میٲنۍ آزاد ی چھ عادتھ میٲنۍ آزادی
گُنہٕ یکسان عمل شادی محبت محنت آبادی
تَوے چھس ٹوٹھ آزادن رٕتنن صاحب دِلن اندر
یِوان چُھم زندگیہ ہُند سوز سفرن مٔنزلن اندر

یِمو ماری منٛز نظمو علاوِ چھ آزادن بیٚیہ تہٕ کینٛہہ شوٗبہٕ دار نظمہٕ لیچھ مٕژ۔ یِمن منٛز سراپا نِگٲری چھےٚ باونہٕ آمٕژ۔ سراپا نِگٲری منٛز ییٚتہٕ رُسُل میٖر تہٕ مقبوٗل شاہ کرٛالہٕ واری سٕرس چھِ تتہٕ چھ آزادتہٕ اَتھ فنس منٛز بٔتھٕ کوٚرتہٕ پٔہلی کوٚر لیکھتھ کامیاب گوٚمُت۔

انسان سُند ذہن چھ ترٛہن سطحن پیٹھ شعوٗر Conscious تحت الشعوٗر Sub-Conscious تہٕ لاشعوٗر UnConsious کام کران۔ ییٚتھ کٔنن چھ انسٲنی شعوٗر ذہنی تہٕ نفسیٲتی شکلن منٛز بدِ نیران۔ لفظ یا زبان چھےٚ اَمہِ اِظہارُک خاص قٕسم۔ یہٕ عمل چھنہٕ صرف لفظس تام محدوٗد بٔلکہ مانے فکرِ تارٕنس منٛز مدد کران۔ یٖمہِ عظیم کاینٲتکی تخلیقُک مانے بَدِ کڈٕن انسٲنی ذہنی تفاعل پٲدٕ کرنٕچ عملہِ ہُند ناو چھ شاعری۔ شعریات چھ بُنیٲدی طور لفظٕچ

استعمال متلق وار یاہن اَنٛدَ ن Aspects پیٹھ غور کران۔ شأعری منز چُھ انسانہٕ سُنٛد خیالاتی تہٕ فکری قدرٕ انسأنی جذباتن نبر نیران۔ مگر یمہٕ جذبات نیرن تیٚلہِ اصل پأٹھۍ نبر ییٚلہِ لفظن ہُنٛد صحی استعمال گژھِ۔ یتھ کنن چھنہٕ یہ سوال پأدٕ گژھان زِ شأعری کیٛاہ چھےٚ باوان۔ بٔلۍ کہِ چُھ یہِ سوال پأدٕ گژھان زِ شأعری ِکتھٕ کنن چھےٚ باوتھ کران۔ شأعری ہُنٛد بُنیأدی مسلہٕ چُھ لفظن ہُنٛد استعمال لفظ چُھ اَکھ زِندٕ تہٕ حرکت کرُون اکأئی یتھ منز طاقت، آوازتہٕ مانے ترٛبنوٚے برابر برابر موجوٗد چھِ۔ لفظچ کأم چھےٚ ترٛبگنہٕ Three Dimensional یانے شأعر، شأعری تہٕ لول برن وول قأری۔

شأعر چُھ لفظ استعمال کرن وول پتہٕ چُھ شارٕ تھرن وول۔ شأعری منز یُوتاہ کامیاب شأعر لفظ اِستعمال کرنس منز گژھِ تیژاہ چھےٚ شأعری تٔسنز جاندار۔ اَتھ عملہِ منز چُھ شأعرٕ سُنٛد اوٚندرُن کوٗشش تہٕ اظہار ترٛبنوٚے اہم کردار اَدا کران۔

عبدُ الاحد آزاد چُھ پننہِ نظمہِ ''ڈٔریاو'' منز لفظن ہُنٛد استعمال یتھ کنن کران زِ صاحبِ دِل پَرن وول چُھ بأطنی دُنیہک سأل یتھ کنن کران یتھ کنن شأعرانہٕ تخلیقہِ وِزِ سأل کران چُھ۔

گوڈنکس مصرس منز چُھ شأعر ڈٔریاوس تمثیلہٕ Personify بناوان۔ ڈٔریاوس زبو دِتھ بنووُمُت سُہ ناطق۔ یتھ کنن چُھ ڈٔریاو پننۍ روداد پانٕے

وَنان۔ دوٚیمس تہٕ تریٚمس بنٛدس منٛز چھِ ڈٔریا وانسانٔی زندگی ہنٛز ترجمانی

کران۔ ڈٔریا وچھ کوٚہَن، گنٛنن، پکن پان چھاوان زندگی ہُنٛد مزٕ ٹلان۔

ژوٗرِمس تہٕ پانٔژمس بنٛدس منٛز تریٚیم روٗخ بدلاوان۔ یِمن بنٛدن منٛز چھ

شاعر چھُ وقتُک سُہ پہلوٗ وٕتہٕ لاوان۔ یتھ منٛز تخریبی عناصر

Devastatin Aspects of time ٹاکارٕ چھُ۔ شیٚیمس بنٛدس منٛز چھ

شاعر وَقتُک تعمیری پہلو Creative Aspects of time وٕتہٕ

لاوان۔ امہٕ ستی چھِ زندگی بامعنے بنان۔

آزادنہٕ ''ڈٔریاوٕ'' نظمہِ چھِ بییک وَقت ترٚے مانے نیران۔ اَکھ گوٚ ڈٔری

یاوٚک سفر، دوٚیم گو انسانٔی زندگی ہنٛز ترجمانی تہٕ تریٚیم گو وَقتچ حقیقت۔

رَدِ تشکیل نظریہ Deconstruction تہٕ چھُ اَتھی پَرٛنس پیٹھ زور

دِوان۔ یتھ واریاہ معنے نیرن نہٕ کہ پابنٛد۔



# جلوٕ تہٕ زبوٗر

## (رحمٰن راؔہی نہٕ اکہِ نظمہِ ہٕنٛز سام)

اکہٕ وُہمہِ صدی ہٕنٛزِ کأشرِ شأعری منٛز چھُ رحمٰن راؔہی صأبَن ناو زَبرَوَن بالہٕ تھوٕنگکی پأٹھی لبنہٕ یِوان۔ ''نوروزِ صبا'' پَتہٕ یوسہٕ شارٕ سۆمبرن تمو چھأپ تتھ چھُ ناو ''سیاہ رۄدٕ جرٮ۪ن منٛز''۔ یہِ کتاب گیہِ 1997 عیسوی یَس منٛز چھاپ۔ اَتھ منٛز چھ173 نظمہٕ تہٕ 93 غزلہٕ۔ کتابہٕ ہٕنٛز گوڈنچ نظم چھےٚ ''جلوٕ تہٕ زبوٗر''۔ یہِ نظم چھےٚ کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛز تأریف یَتھ منٛز راؔہی صأب پٔنٕن گُدرُن تہٕ سوکھ دوکھ جاذٕ جان پأٹھی بأوِتھ چھ ہیٚکان۔ نظمہِ ہُنٛد دَس چھُ یِتھ گٔنز ووتھان۔

گُنہِ ساتہٕ چھُس یہ سونچان ہرگاہ
أسی آسہٕ ہوٕے نہٕ سمٕکھی ہتی زانٛہہ

مےٚ ما آسہِ ہیچھےٚ نہٕ أچھو کھوریو

کچہِ وأنجہِ ہُنٛد دوکھ سوکھ تھیوٚ کمُت

نظمہِ ہِنٛدِس گوڈِنکِس بنٛدس منٛز چھ راہؔی صأب کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد مرہونِ منت روٗزِتھ وَنان زِمیانہِ دِلُک غبارتہٕ سینٛگ بارلوٗز راونٕس منٛز چھُ امہِ زبأنؠ سورٕے رول ادا کوٗرمُت۔ ہرگاہ نہٕ یہِ زبان آسہِ ہےتیٚلہِ آسہٕ ہابہٕ دَم پھُٹؠ گومُت۔

دہی دَم ما گژھِ ہم یَتھ سینٕس

اوٚش ما شُٹھِ ہم مےٚ أچھنےٚ منٛز

راہؔی صأب چھُ پنٕنؠ کلام تہٕ کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد رَلُن یوٗتاہ اژھبن تہٕ تھکُن لایق زانان۔ یوٗتاہ حضرتِ موسیٰؑ تہٕ خدایہِ سُنٛد مُلاقات اہم تہٕ عظیم چھُ۔

موسیٰؑ مرِ ہے دیدارٕ ورأے

ہے کأشری زیوِ مےٚ چھےٚ چأنؠ درٕے

ژٕے میأنؠ خبر ژٕے میأنؠ نظر

ژٕے میانہِ شعوٗرٕچ سوٗزلی ژٕژ

ژٕے میانہِ ضمیرٕچ مُژ سارنگ

دوٚیمس بنٛدس منٛزتہِ چھُ راہؔی صأب کأشرِ زبأنؠ پنٕنہِ ماجہِ ستی تشبیہ دِتھ أمیک تھزرتہٕ پزرتسلیم کران۔ یتھِ کُنؠ موج پنٕنہِ نس گوبرس دود دِتھ رَچھان چھےٚ

تہٕ منز ٕلس لولہٕ مَتہٕ لاے پھٕےٚ کران۔ تِتھے چھےٚ ماجہِ زیوٗ اَکس شاعرس تہٕ قلمکارس پوٚچھر دِوان تہٕ شاعرتہٕ چھُ اتھ رٔژھراوان۔ پننین خیالن ہنٛز باوتھ چھےٚ ماجہِ زیٚوِ منز ٕ ے جاذٕ جان پأٹھی گرنہٕ ہکان یتھ۔ ہرگاہ شاعر پننٛی شار بیٚیس زبأنی منز وَنہِ تِمن چھنہٕ تیوٗ تاہ میچھر، اَثر تہٕ بجر آسان یوٗ تاہ ماجہِ زیٚوِ منز کأنٛہہ گتھ یا کأنٛہہ شاروَننہٕ ستی پأدٕ چھ سپدان۔

تَھنہٕ پیوس تہٕ رٕژ کنہٕ وان گیٚم
ابیزانس زأنی زان گیٚم
دوٗدٕ بب دِتھ گیوتھم ہوڈ کلیو
کنہٕ دوٗر للوٗتھس منز منز ٕلس

تریٚمس بنٛدس منز چھُ رأہی صأب کیٚنٛژن تأریٖخی حقیقژن کُن اِشارٕ کران وَنان زِ پےٚ دَرپےٚ ناسازگارتہٕ وَکرمنی حالاتو منٛزی گٔذرِتھ تہٕ چھےٚ کأشر زبو موجوٗد تہٕ سرِ ثوٗبوٗت۔ دُنی ہنٛزِ تأریٖخہِ منز چھِ أسی وُچھان زِ وُنیک تام چھےٚ شےٚ ساس زبأنی مُلہٕ موٗنجے ختم گأمژ، یتھ منز سنسکرت تہِ اَکھ زبان چھےٚ۔ حالانکہِ اَتھ زبأنی چھُ اکہِ بٔڑ مُلکُک پٔتھ تہِ۔ تو اَریٖخ تلہٕ تہٕ چھِ ننان زِ کٔشیرِ چھُ واریاہ ہو تعمیری تہٕ تخریٖبی دوروٚ منٛزی گٔذریمژ۔ تعمیر تہٕ تخریٖب یوٚ دوٚ ے انسأنی تأریٖخکی زٕ بُتھی Aspects چھِ۔ اَتھ کیتھ ہکو أسی اِنکارٕ کٔرِتھ زِ کٔشیرِ چھےٚ تواریٖخ کیٛو یتھو مَرحلو منٛزی زیادے پٔہن گٔذریمژ۔ اَمو پراگندی یو تہٕ

پریشانیو باوٗ جوٗ دتہٕ چھےٚ کأشر زبان زِندٕ۔

رأہی چھ امہِ کتھِ ہنٛزوٕ کھنےٚ کران۔

گُنہٕ ساتہٕ چھُ یتھ صحراوس منٛز
مجبوٗری ہُنٛد وجہ واو وتھان
پگہ چھوٗن اکھ موصم جانہٕ وارہ
وُپھ آچھری ارمان آلہِ کڈان
نظرن ہُنٛد نیشہ دیش پھلان
ونہٕ راوبرٕ چھُس گتہٕ گیوٗر ٹلان

ژوٗری مس بندس منٛز چھُ رأہی صأب کشیرِ ہندِس Golden period
کُن حوالہٕ دِوان یُس دورلل دید تہٕ شیخُ العالمؒ سُنٛد دور چھُ اتھ دورس منٛز
یانےٚ ژودأہمہِ صدی عیسوی منٛز چھےٚ یہِ زبان پننِس کمالس پیٹھ درٛینٛٹھی
گژھان۔ یوٗ دوٚے اتھ زبأنی سنسکرتکی پأٹھی حُکمرانن ہُنٛد ڈوٗکھ اوسنہٕ توتہِ
روٗزیہِ زبان پھاپھلان تہٕ کاڈ کڈان۔

گُنہٕ ساتہٕ چھِہ یتھ سمسارس منٛز
وولہٕ سیمتہٕ سوٗنتگ جشنہ لگان
انگہٕ نوزُک رنگہٕ ڈلی ناوِ ہنا
کھونہٕ منٛز مُژ یا ہو جوریا ہتھ

## متہٕ سوٚنتک تاپُر ڈل چھاوان

وٕں گورا ٓہی صأبس چھُ خبر کیاہ زِ یمہِ کتھِ ہُند خوف محسوٗس گژھان زِ یہِ زبان گژھنہٕ گنہِ وَ کاہنچ شکار سپدٕنی۔ خوف چھُ پننہِ جایہِ بجا تکیاہ زِ یتھ زبأنی تہِ چھےٚ سرکأری سرپرستی روٗزمژ تہٕ نہٕ چھُس کانٛہہ بچاون وول۔ لوٗکن تہِ چھنہٕ اَتھ منٛز کانٛہہ دِلچسپی۔ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ ووپر زبانہِن تہٕ ووپر کلچرُک زوردار حملہٕ کأشرِ زبأنی پسپأیی کُن نِوان۔ را ٓہی صأبس چھُ یہِ خوف خشمہٕ ہٕنٛز تلوار باسان۔

ینہٕ گانٛگلہ کانٛہہ کتھِ پرٛوٗت کُری
اودٕ موصُم معنہِ یتیم گژھن
ژھوپہ چانہِ مےٚ اند روٗٹ الہامس
لیہِ چانہِ یہِ لولہٕ زیوٗر گوان
ہے کأشرٕ زیوٗ! مےٚ چھےٚ چأنی درٕ ے
ژٕ ے میأنی خبر شعوٗرٕچ سوزنٕلی زٕژ
ژٕ ے میانہِ ضمیرٕچ مٕژ سارنگ

یہِ نظم چھےٚ زبردست غنأیی Lyrical تہٕ سیٹھے نغمأتی Musical۔ اَموٗدوٚیوٗ وَصفوٚ کِنی ہیٚکون یہِ نظم اٗسی انگریزی نظمہِ Kubla khan یُس انگریزی شأعری منٛز نغمأتی Highly Musical نظم مانٛنہٕ چھےٚ یِوان لَرِ لوٗرتھ اوٚتھ۔ مگر تخیّل تہٕ موضوع کِنی چھےٚ جلوٕتہٕ زیوٗرٕ سٕرس باسان۔

اِتھے کَنن وُچھون اَسۍ اَکِس صوٗفی شاعرٕ سُنٛز اَکھ غزل یتھ رٔدیف چھُنہٕ کینٛہہ مگر توتہٕ چھےٚ غزل بٲقی ییٚن غزلَن موسیقی منٛز سَرس باسان۔ اَمہِ غزلہِ ہٕنٛدی کینٛہہ شار چھِہ:

پارٕ جگرس گوہم گرِتھ یارٕلو
نارٕ عشقے وارٕ زٲجتھَس یارٕلو
جود کوٚرتھَم بالہِ چھُھم تی پتروٗن
دود عشقنے گرَ ژلمنا یارٕلو
یارنی منٛز چھُس بہٕ تَس یارٕسے
تار ناوے وارٕ دیزِہم یارٕلو
نوکتہٕ عشقُن پوٗختہٕ سَنیوم دَر بدن
سوٗختہٕ کوٚرنَم موٗختہٕ ہارَس یارٕ لو
گتھ گران شمعس پتھ مران
وَتھ سَران توٗرچ احد بٹ یارٕ لو

یِمہِ بَحتُک حاصِل سپُد یہِ زِ شاعری چھنہٕ صرف رٔدیف قافیہٕ تہٕ Metre پابنٛد بَلکہِ چھُ زبانٕ ہُنٛد حُسن اسلوٗب وَزنَس Sophiscated Dictation ۔یتھ کولرِچ چھُ وَنان۔

Poetry is the best words in best order.

بێیہِ غالِب چُھ وَنان۔

## سوخن گوئی درمنے آفرینی

جلوٕ تہٕ زبوٚر نظمہِ ئہ چُھ گُنہِ رٕدیف تہٕ نہٕ قاٗفیہ اَمہِ باوٕ جوٚد چھےٚ یہِ نظم پرٕتھ پہلوٕ تہٕ زاوِ یہِ Angle کِنۍ کاٗشرِ زبانۍ ہنٛزا کھ شاہکار نظم باسان۔



# محی الدین گوہرؔ

اِبتدا اِنتہا محمدؐ چھُم
بَس بعد اَز خدا محمدؐ چھُم

لولہٕ وُچھ سیوٚدٕے ناہنجارس کُن
بَس یوہے اِلتجا محمدؐ چھُم

جان جانانہ دوٚن جہانن منٛز
مصطفیٰ مُجتبیٰ محمدؐ چھُم

گرد راہس وٕندِتھ دَمے گوٚہرؔ
دوٚن جہانن ضیا محمدؐ چھُم

کمراز پَرگنس منٛز وٕیتھِ ہندِ بن دوشوٕنی بٹھٕن پیٹھ بسِتھ سوپور
قصبہٕ یوٚ دوَے سیاسی تہٕ اِقتصادی لِحاظٕ کشیرِ ہندِس نبس پیٹھ اکھ پربز لوٗنی

تارٕکی پاٹھؠ اَکھ وَکھر وٕ جوٗد چھ تھاوان۔ تتہٕ چھُ یہ شہر اَدبی مأدانس منٛز ہَنا پَتھے پِہن روٗدمُت۔ تہٕ گرِتھ تہٕ چھ رحیم صاب، خوجہ عمہٕ، احد کھار حنفی، غلام مصطفیٰ کلیم، واسدیو ریہہ، روگناتھ کستوٗری ہِوی ناو زبأنؠ پیٹھ ہینٛز لایق۔ یِمنے گونماتن اَنٛدر چھُ محی الدین گوہر تہٕ اَکھ۔ محی الدین گوہر زاو 1940 سوپور خوشحال متو محلس منٛز۔ بابہٕ صأبَس اوسُکھ عبدُ الصمد ناو تہٕ وأ لدِس عزیز دید۔ گوہرس اأسی زٕ بأے عبدُ الاحد تہٕ عبدُ الغفار تہٕ بیٚنہٕ زٕ بیٚنہِ مالہٕ تہٕ فاطمہٕ۔ اِبتدأئی تأ لیم پٕرِکھ سوپرٕ ے تہٕ 1056 عیسوی یَس اَنٛدر کوٚرُکھ میٹرک پاس۔ اَمہِ پَتہٕ سپدی یِمہٕ اَکِس پرائیویٹ سوٗکوٗلس اَنٛدر روستاد مُقرر۔ مگر کینٛہہ کال پتے کوٚرُکھ عرأیض نۆیسی ہُنٛد پیشہٕ اختیار۔ 1965 عیسوی یَس اَنٛدر سپُد یہُنٛد کھانٛدر۔ یہُنٛز خاندارنہِ چھ مہربی ناو۔ یہُنٛدِ ن اولادَن منٛز چھےٚ شےٚ کورِ تہٕ اَکھ نیچُو۔ یہُنٛدی ناو تہٕ تھ کنن چھِ۔ حسینہ بانو، جمیلہ بانو، گُلشن بانو، افروزہ بانو، عبدالقیوم، عشرت تہٕ شاہناز بانو۔

پَننہِ اَدبی سفرُک ذِکر کران وٕ ن گوہرن پننی زبأنؠ 19 اپریل ریڈیو کشمیر سنگرمال پروگرامس منٛز۔ ”یوٗ دوٚ ے شیٚمہِ جمأژ منٛزٕ ے کاوٕری وأ ٹسہِ منٛز مےٚ تگ بٔندی ہیٚژ کرِنؠ مگر شُراوٕری وأ ٹسہِ منٛز سپُد میوٚن باضابطہٕ سفر شروٗع۔ یہٕ آس 22 جلسے بزمِ علم و اَدب خانیار سرینگر کہِ طرفہٕ منعقد کرنہٕ آمتہِ اَکہ ریاست گیر تأریخی مشاعرٕ ذٕری یہ تیچ صدارت پروفیسر پشپ کران اوس،

اَدبی حلقن اَنْدر متعاَرف کرنہٕ۔تَتہٕ ووت مےٚ ہیتھے لیکھان تہٕ ریاست تہٕ
پیرٛوٚن ریاست کِہن لوکٹین بڈٕبن شاعرن تہٕ اَدبی حلقن منٛز حصہٕ نوان''
محی الدین گوہراوس اَکھ سیاٗسی ؤرکرآسنہٕ علاوٕ اَکھ سنجیدٕ تہٕ پُر وقار شاعر تہٕ
۔یِہنٛز شاعری منٛز چھےٚ زندگی ہِنٛدبن بدلوٚنبن رنگن ہنٛز بھرپوٗر عکاسی لبنہٕ
یِوان۔
یِہنٛز بُلند خیاٗلی تہٕ علامتی رنگ چھُ بیوٚن بیوٚن تہِ بدوٚن۔یِمو چھےٚ غزلہٕ کیو
نظمہِ لیچھمٕژ۔ؤنی گو یِہنٛزن نظمن اَنْدر چھُ یِہُنٛد شاعرانہٕ بجرٹا کارٕ سپدان۔
یِہنٛز نظم ''اَسی'' چھےٚ اَکھ علامتی نظم۔یَتھ منٛز ''سگریٹ بٹ'' اَکہِ استعارٕ رنٛگی
پوٗرٕ نظمہِ پیٹھ چھاونہٕ چھُ آمُت۔

یِم بٹ کاٗتیاہ
ہُتہِ کنٛز یِیتہِ کنٛز
چھُکرِتھ کاٗنی
کاٗتیاہ اَڈٕ ڈٔدی
کاٗتیاہ اَڈٕ لِکی
سُرٕ پھسکھ لَرِ چھسکھ
کاٗتیاہ نٔہی ژتی میخل بوٗٹو

اَتھ نظمہِ منٛز چھُ 'سگریٹ بٹ' 'کاٗنی' 'میخل بوٗٹ تہٕ 'واوٕ رنگ بیترِ استعارٕ

استعمال کرنہٕ آمتی تہٕ یتھٕ پأٹھی چھےٚ سیوٚ دساد تہٕ عام لوٗکن ہنٛدِ استحصالچ گتھ گرنہٕ آمٕژ۔ چناچہِ سپُد گوٚہر تہِ پانہٕ اکہِ سیأسی اِستحصالک شکار۔ وٕقتکۍ سیأسی رَجودَل اُس نہٕ اُمس بروٗنٛہہ پکنہٕ دِوان۔ یہِ چھنہٕ چھراسیأسی ڈیلیلے یأژ ئلی کہِ اَکھ سمأجی حقیقتھ یَتھ منٛز سرمایہِ دار بپر وکریٹ تہٕ ذمینٛدار غریب تہٕ پَس پایہِ لوٗکن پیٹھ ظُلم کران رۄٗدی متی۔

نظمہِ منٛز چھےٚ اَکھ ووٚمیدووٚتلان زِہرگاہ مظلوٗم سماجس اَندرأکۍ زِندٕ دِل تہٕ سوٚنچن وول اِنسان موجوٗد آسہِ سُہ تہِ ہیکہِ اِنقلابُس زَنم دِتھ تہٕ سماجُک تقدیر بَدلأوِتھ۔ یوٚہے خیال چھ گوٚہر اندیشہٕ نأوی نظمہِ منٛز تہِ باوان۔

یہِ أندرِم نارہے نیٛرتھ نبر گو
خبرٕ کتھن یہِ خود راہ تراوِ زألتھ

اَمہِ علاوٕ چھےٚ گوٚہرنہِ بأتی نظمہٕ تہِ سیٛٹھے فلسفیانہٕ تہٕ دِلچسپ۔ مثالہِ پأٹھی ''اَکھ'' ''رِکھ''''''؟'''' کیوٚم'''' صفرک صفر'' تہٕ ''سیاہ طناب'' بیترِ۔ بَدل وِنٛہن سمأجی تہٕ رۄٗحأنی قدرَن ہنٛز عکأسی کران چھ گوٚہروَنان۔

أچھن ستیوٗمت چھ گاش یارن
رنٛگس بےٚ رنٛگی گُمٕژ چھےٚ وقتس
نکھس ضمیرٕچ چھےٚ لاش یارن

انسأنی ووٚجوٗدٕ کہِ دُنی ہکہِ بےٚ ثبأتی ہُنٛد چھ گوٚہر ''فنا کیاہ گو'' نظمہِ منٛز یتھ کنۍ

باوتھ کران۔

میٚژِ ڈیرِ تلکھ

ترووُکھ دوٚبس منٛز

ہُہ گُلی کاٹہاہ چھُ ہُتہِ نَس

شولہِ ماران سبز زردیوٚ

ووزل کریٚہہ نیوو

دُوہاہیوٚ رکھوٚت

گوٚہیوٚ نہِ شاعری منٛز چھےٚ قنوطیت جاےِ پہن لبنہِ یوان۔ پنٛنہِ بد حالی ہُنٛد ذِمہِ وار چھُ قسمتچ بےدردی مانان۔ وَنان چھُ۔

ۂہی ارمان

اَنٛزِ منٛزِ کاکدکیمی

نیوٚ ژاٚیتھ

میوٚنے ناو (کیوٚ)

"بہ" نظمہِ منٛز تہِ چھُ یتھے کنٛی وَنان۔

ژِ خاب وُچھی وُچھی بےتاب سپدُکھ

بہ یارِ قائیل مقدرن ہُنٛد !!!

گُنہِ ساتہ چھُ پنٛنہِ ناکامی ہُنٛد راہ حالاتن۔ سماجس تہِ لُگن تہِ کھالان۔

رُکھہٕ' نظمہِ منز چھُ وَنان۔

انگ انگ بۆ رہم رِکھہٕ وِے ستھن
زن بہٕ تہٕ کاکدوٗرقاہ اوُسس
یَس یِی خوش گوٚتُمی تی لیوٗکھُم

یہٕ چھُ پزر زِ انسانہٕ سٕنزِ زندگی منز چھُ قسمت اَکھ اہم رول اَدا کران مگر محنتس تہٕ مشتقس تہٕ چھُ پنُن اَکھ اہم رول۔ ''شمع تہٕ بہٕ'' نظمہِ منز پننہِ ناکامی ہُنٛد تذکرٕ کران چھُ گوٚہرؔ وَنان زِ شاعر گوٚ ژھ شمہکی پاٹھی پانہٕ أندری دٕزِتھ لکن ہٕنزِ وَتہٕ گاشراوان۔

ہیوٚ کُس نہٕ زانہہ تہٕ
پانس گاش ہأوِتھ
تہٕ بیٚیہِ کانٛہہ گاشراوان
چھُنہٕ سوالے

گوٚہرنہِ شاعری ہُنٛد دوٚیم پہلو چھُ روٗمانی یُس تہٕنزِ دوٚیمہِ شارِ سوٚمبرنہِ ''نیٚہہ دوٗ'' اَنٛد در اپنٹھی چھُ یوان۔

غزلن ہٕنٛدی کیٚنٛہہ شارُ چھو:

بہٕ چھُس ترِہران ہیوٚ یارو پنُن دوٚ دمُت جگر وُچھی وُچھی
گوڈٕنی تَس رأژ دِیُت گوٚٹ رنگ پتووہ شلوٚ سحر وُچھی وُچھی

یِمہٕ زَلہِ یام بۆمرُن ءگس کٔنن گوتام ژھپھ دِتھ ژٔج
عشق سہلابہٕ لیکن کر چھُ پۆکمُت دارِ بَر وُچھِ وُچھ
خضروتھ ہاونَے میأنس جۆنَس چانہِ ظُلماژِ
تٔمِس سورایہِ سَتھ پأنَس نگارو رہ گُذر وُچھِ وُچھ
زَبر گو چأنٛی درٕے سبٔتھے زَبر گو مِیۆن دِل پھٕٹہٕ رُت
یہِ گو ہر وارٕ اَز پٔرزلیو متوٕ برق و شرر وُچھِ وُچھ



ڈٟشِتھ چُھ رَو تہِ منٛزٕ چھان حُسن وجمال چوٕنے
گلِ لالہٕ داغ مٔشران ڈٟشِتھ چُھ خال چوٕنے
یٟلہ دۆن دِلَن ہُنٛد میُٖل تیٚلہِ کیٛاہ فرق چُھ اَسہِ دۆن
یُتھ آسہِ حال میۆنے تِیُتھ آسہِ حال چوٕنے
یا گرٛشھنہٕ لولہٕ نارَس تھَپھ دِ نِ تہٕ پان زالُن
نَتہٕ چھا رَوا دِلَس منٛز تھاوُن ملال چوٕنے



دوستو دِلِ میۆن تُہی سنٛدأری تو
بےٕ وَدان چُھس تُہی تہِ اۆش مَتہٕ ہأری تو
ضایہِ گأمتی کأتی اَنہأری خاب میأنی

پیڑ گومُت چھس تلا بوٗتھ کھأری تو
أدی أدی وُچھ سے وولرِ ملرو پیٹھی پکان
راوِ ما گوٗہر تلا سیکہِ شأری تو

گوٗہر دژاو 13 جُلے 1994 عیسوی یَس منز ییمہِ عالمہٕ۔ یہُنٛد مقبرٕ چُھ جناب سیّد جمال الدین بُخاریؒ صائنس آستانس لرِ لوٗر۔ یَہٕنٛدِس مقبرس چُھ کلچرل اکادمی طرفہٕ پیوٗر آمُت لاگنہٕ۔ یہُنٛز مشہوٗر شارٕ سوٗمبرن چھے "رُکھہٕ"۔ یتھ یہٕنٛدِ مرنہٕ پتہٕ ساہتہ اکادمی اوارڈ دِنہٕ آو۔



# کلچر کیاہ گو؟

کلچر گوٚسہٕ اَکھ مشترکہٕ سوٚنچ یُس کُنہِ سماجہِ کِمن لوٗکن سٟتی رٔلِتھ میلِتھ ہیٚچھنہٕ چھُ یِوان۔ تہٕ یِتھ کنن چھُ باڈو کَڈان۔ یہِ چھُ یوٚہے مشترکہٕ سوٚنچ یُس أکِس کلچرس بیٚکس کلچرس نِش بیوٚن چھُ کران۔ کلچر چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ مکمل گژھان ئلِکہِ چھُ بَدل وِنِمن حالاتن سٟتی پھاپھلان تہٕ برؤنٛہہ پَکان۔ کینٛہہ عنصر چھِ مُشراونہٕ یِوان تہٕ کینٛہہ چھِ اَتھ ہُر راونہٕ یِوان۔ یا چھُ نیہِ سرِ

ترتیپ یوان دِنہٕ یوٚ ہے چھ کلچرس حرکی Dynamic بناوان۔ کلچرس منز چھ تمہٕ سارے قدرٕ تہٕ طرزِ زندگی A way of life یُس کُنہِ سماج کین اَقدارن منز مُشترکہٕ چھ آسان۔

علمِ بشر یاتَس Anthropology منز چھُ کلچر ووتھن بیہنگ طریقہٕ کار تہٕ لۄکن ہُند سونچ یُس تمہٕ اُکس سماجس منز ہیچھان، یاد کران تہٕ پانہٕ وٕنی بأگران Share چھِ کران۔

ٹائیلر Edward Tylor چھُ وَنان زِ کلچر چھُ اَکھ پیچیدٕ کُل Complex whole یتھ منز علم، پڑھ Belief، آرٹ، اخلاق، قونوٗن تہٕ رسم ورواج تہٕ بیٚیہِ تمہٕ عادات یمہٕ اَکھ فرد پننہِ نِس اوٚندپکس منز حأصل چُھ کران۔

کلچر چُھ ژوٚن حصن منز بأگرانہٕ یوان۔

1 ) مأدی Material کلچرس: اَتھ منز چھُ انسانہٕ سِندی بنأوِمتی چیز Manu facture اِستعمالکی چیز، مشینہٕ، ٹکنالوجی، فنِ تأمیر، ٹرانسپورٹکی ذریعہٕ تہٕ پأداوار بڑہاوٕنکی سامان بیٚیہِ ترسیل Comminication گنزرَنہٕ یوان۔

مأدی کلچرس چھِ تہذیب Civilisation تہٕ وَننہٕ یوان۔

پرتھ کُنہِ سماجس منز چھِ لۄکھ پأداوارو پداوان تہٕ سامان تبدیل کران تاکہِ تمہٕ ہکن کھین چین، پلو پوشاک تہٕ مکان بیترِ پانٕے مہیا تھأوِتھ۔ اَتھ چھِ عام طور Economy وَنان۔ مأہرِ بشریات چھِ مأدی کلچر ژوٚن

پہلون Aspects منز وُچھان۔

(ا) تمہِ طریقہ Methods یمو ستی لۄکھ پٲداوار چھِ بدلاوان اَتھ چھِ زِندٕ روزٕنکی طریقہ کاروَنان۔

(ب) تمہِ وَتہٕ Ways یمو ذٔریہ لۄکھ پنٕنی چیزتہٕ خدمژاورٕ یور بدلاوان چھِ۔

(پ) ئمہِ قسمچہِ Kinds ٹیکنالوجی یمہِ انسان بناوان چھِ تہٕ استعمال کران چُھ۔

(ج) لۄکن ہِندِ اقتصأدیاتک Economy ہُند قدرتی ماحولس پیٹھ اَثر۔

2) سَمٲجی کلچر: لۄکھ چھِ کھاندر کران تہٕ گرٕ Family بناوان۔ واریاہ کٔنبہٕ رٔلتھ چھِ اَکھ قبیلہٕ clan بنان واریاہ قبیلہٕ رٔلتھ چھِ اَکھ گروپ یا سماج بناوان۔ یۄہے سماج چُھ پتہٕ حکوٗمت بناوان۔ حکوٗمت چھےٚ عامرانہٕ یا جمہوٗری آسان۔ مغربی مُلکن منز چھِ جمہوٗری حکوٗمژ تہٕ اسلأمی مُلکن منز چھِ ملکوٗیت یا عامرانہٕ حکوٗمژ۔

پرٕ ہتھ کُنہِ سماجس منز چھِ لۄکھ کأم کرنہٕ تہٕ بأقی فرأیض بناونہٕ خأطر منظّم سپدان۔ لۄکھ چھِ اَکھ أکس نیتھٕر (نکاح) کرنہٕ ستی، یکہٕ وٹہٕ کاروبار یا سرکأری دفترن منز کأم کرنہٕ ستی تہٕ سیأسی اِقتدارس منز شأمل گژھنہٕ ستی منظّم سپدان۔

3) نظریاتی Idealogical کلچر: اَتھ منز چھِ سأنی مذہب Belief اَقدار value تہٕ روایژ Ideals گنزرنہٕ یوان۔ مذہب چھُ اَسہِ اَکھ أکی سِندِس غمس یا خُشی منز شامل سپدُن۔ لۄکن سِتۍ رُت ورتاو کرُن، ہمسایَن نہٕ اِذا کرُن سارِوے کھوتہٕ بۄڈ اللہ تعالیٰہس سِتۍ تعلق بڑاوُن۔

کینژن مُلکن منز چھِنہٕ لۄکھ مذہب مانان تِمن چھ سکیوٗلر سٹیٹس وَنان۔ سائینس کہِ ترقی سِتۍ بڑیو کاروبارتہٕ Captalism بدلأوی لۄکن ہِنٛدی اَقدار تہٕ روایژ۔ سرمایہٕ دارانہٕ سماجس مثلن امریکہٕ ہَس منز دِیُت حکوٗمتن تہٕ لۄکن ہِندِس بدل وِنُس سوچس ساتھ۔ تِمہٕ لگی اِقتصادی تہٕ ٹکنالوجی ہِندِ ترقی سِتۍ سِتۍ پنُن سوچ تولان تہٕ بدلان۔

4) آرٹ: یہِ کلچر چھُ ترے ساس وُری پرٲن۔ اَتھ منز چھُ فنِ مصوری، موسیقی، سنگ تراشی، کپُر وَنُن، بانہٕ تھرُنی، ڈانس، ڈرامہ، شاعری، لگہٕ بأتھ تہٕ دٲلیلہٕ بیترِ۔ وُنی کنہِ کس زمانس منز چھِ لۄکھ پننی ذہنی صلاحیتُک سرمایہِ Intellectual Property کتابن، فلمن، کیسٹ، DVD تہٕ مصوٗری Painting ذٔریہٕ کنان تہٕ پنُن روزگار چلاوان۔

## انکلچریشن Enculturation

انکلچریشن گوژِ اَکھ فرِد کتھ کٔن چھُ بےٚ شوٗنکی پٲٹھن کینژہ خیال Ideas تصوّر Concepts تہٕ اَقدار Values ہیچھان تِکیاز اِمہٕ چھِ أکس سماجس

ماحولس منز گوڈے موجود آسان۔ اَتھ منز چھُ اَکھ اہم عنصر مشاہدٕ Observation آسان۔ مشاہدٕ چھُنہٕ صرف اسہِ کلچر ہیچھنس منز مدد کران ہُلی کہِ چھُ اَسہِ تائیلیم پرَنس تہٕ علم حاصل کرنس منز مدد دِوان۔ سون وۄتھُن بِہُن تہٕ وَرتاوٕکی ساری طریقہٕ چھِ انکلچر ہیچھنہٕ ستی ممکن بنان۔

# تہذیب تہٕ ترقی

وۄنِتھی پاٹھی ہکون اَسی کلچر تہٕ تہذیب ییتھ کٔنن وَکھرِ کرِتھ۔

1۔ تہذیب Civilization: اَتھ منز چھِ یمہٕ ژور چیز یوان۔

(۱) ٹیکنالوجی تہٕ فنِ تعمیر۔

(۲) سماجی اِدارٕ (رسم ورواج، پلو تہٕ کھٔین چیٔن)۔

(۳) اِقتصادی اِدارٕ۔

(۴) سیاسی نظام۔

2۔ ثقافت Culture: اَتھ منز چھِ یمہٕ ترے چیز یوان۔

(۱) زبان۔

(۲) مذہب۔

(۳) ذوقِ جمالیات: آرٹ، مصوری، سنگیت، نژُن رِگنُن ترٕپُن تہٕ اَدب Literature۔

انسأنی ترقی چھےٚ تہذیب چہٕ ترقی ستی وابستہٕ ۔یمہٕ دونوے چھہٕ اکھأ کس لرِ لوٚ ر پکان ۔نوٚ وسوچ تہٕ نوٚی نوٚی ایجادات چھہٕ انسانہٕ ہنٛدِ ترقی ہُنٛد ثوٗبوٗت۔ سونچہٕ کہِ ترقی ورأے ہیکہِ نہٕ انسان تمدنی ترقی پرأوِتھ۔ C E M Goad چھُ یہِ گتھ یتھ کنٛی وبٕہٕ ھناوان۔

I do think business of thinking new thoughts, whether they lead to invention or not is a sign of being civilized to think freely is very often to think differently without free thinking There can be no civilization. Security,leisure and society which are all necessary to free thinking are necessary also to civilization.Business being good has some thing to do with civilization,and good means acting justly towords your neighbour and respecting his property.

(The Story of civilization,C E M Goad)

کلچرٕ کۍ وصف :Characteristics

أکس کلچرس منٛز چھےٚ واریاہ خصوٗصیت آسان۔

(۱) کلچر چُھ علامژن Symbols پٹھ ڈٕرِتھ آسان ۔ خیالات، چیزن ہُنٛد ناوتہٕ بول بوش کرنٕچ صلاحیژ چھےٚ اَتھ منٛز شامِل ۔

(۲) کلچر چُھ پانہٕ وٲنۍ Share بٲگرٕنہٕ یِوان ۔ لُکھ چھِ اَکھ أکِس ہٕنٛدی خیالات کلچرکہِ ذٕریعہِ سمجھان تہٕ حاصِل کران ۔

(۳) کلچر چُھ ہیچھنہٕ یِوان ۔ کلچر چُھ بدلان تہٕ پھٲپھلان Adaptive ۔

(۱) کلچر چُھ علامژ ۔ لُکن نش چُھ کلچر آسان ۔ تِمہٕ چھِ علامژ وٕذٕریعہِ باوتھ کران تہٕ اَکھ أکِس ہٕنٛدی خیالات سمجھان ۔ علامژ وٕذٕریعہِ چھِ لُکھ مشکل خیال تہٕ باوِتھ ہیکان ۔ زبان تہٕ باقی علامژ ذٕریعہِ مثلن آرٹ چھِ لُکن نٔوی نٔوی خیال پٲدٕ کٔرِتھ تہٕ واضح کٔرِتھ ہیکان ۔ بچن منٛز چھِ زبان قدرتی طور ودیعت آسان ۔ لہٰذا چھِ تِمہٕ ہیکان زبان آسانی سان ہیچھتھ ۔ زبان چھےٚ علم Information رٲژھراونُک اَکھ اہم ذٕریعہ ۔

(۲) کلچر چُھ ہیٚچھنہٕ یِوان ۔ لُکھ چھِنہٕ کلچر ہیتھ زیوان ۔ تِمن چُھ یہِ پیوان ہیٚچھُن ۔ تمام سماجن منٛز چھِ لُکھ بتہٕ رَنُن، لرِ بناونہِ تہٕ فصل وو پداوُن ہیٚچھان ۔ تِمہٕ چھِ زِندٕ روزنہٕ خاطرِ کارکسب ہیٚچھان تہٕ اِتھ کٔنۍ آنہٕ ژور کماوان ۔ شُری چھِ بڈٕ بن نش کلچر ہیٚچھان تہٕ اَتھ چھِ ماہرِ بشریات Anthropology انکلچریشن یا ثقافتی ترسیل Cultural Transmission وَنان ۔

ہیٚچھُن چُھ ساری سے زندگی منٛز، شُر بن پیٚز بڈٕ بن نش ہیٚچھُن تہٕ تہنٛدِ تجربہ تہٕ

عئی مہ ہٕنش فائیدٕ تُلن۔

(۳) کلچر چھُ پانہٕ وأنۍ بأگرٕنہٕ یِوان۔ لۄکھ یِمہٕ أکۍ ہےٚ سماجس منٛز بسان آسن تِمہٕ چھِ کلچر Share کران۔ مِثلن کٔشیرِ منٛز چھِ سأری لۄکھ کأشُر بولان۔ بتہٕ کھیٚوان تہٕ نۄنہٕ چاے چیٚوان۔ وَندس منٛز پھیرن لاگان تہٕ کانگرِ تَپان۔ غرٖیب لۄکھ آستانن گژھان تہٕ أمیر لۄکھ پہلگام گژھان۔

(۴) کلچر چھُ بدلان تہٕ پھاپھلان۔ کلچر چھُ لۄکن بدلٕوِنن حالاتن منٛز زِندٕ روزُن ہیٚچھناوان۔ تہٕ حالاتن منٛز زِندٕ روزُنس چھِ وَنان Adaptation کلچرل مطابقت Adaptation بنو انسان بُترأژ پیٚٹھ سارٕوے جاندارو کھوتہٕ کامیاب۔ دُنیہِ آبأدی گیہِ ہُران یِیلہِ ٹیکنالوجی، دَواہن، تہٕ غذٕہَس منٛز ترقی سپٕز۔

سائینسدانن ہُند وَنُن چھُ ٹیکنالوجی ہنٛز ترقی کوٗر قدرتی وٕسیلن مِثلن پیٹرول، جنگلات تہٕ معدنیات ہُند بے وایہِ استعمال یِیمہِ سٟتۍ ماحولیأتی تژٕرس Global Warming ہُر بر لۄگ گژھنہٕ۔

سوال: کلچر کیازِ چھُ بچاوُن ضروٗری؟

جواب: انسانہٕ سٕنٛزِ سمأجی زندگی ہُند ژوٗک چھُ کلچر۔ کلچرن چھُ انسان حیوأنیتہٕ پیٹھٕ انسأنیتس تام واتہٕ نومُت۔ انسان ہیکہِ نہٕ کلچروأرے أکھ انسان بٔنتھ البتہٕ ہیکہِ أکھ مشین بٔنتھ! کلچر چھُ انسأنی علمُچ حفاظت تہٕ رأچھ کران۔ سُہ علم

یُس أمی مختلف مرحلومنز پکِتھ حاصِل چُھ آسان کورُمت۔ کلچر چھ پننہِ اکہِ عنصُر یانے زَبانہِ ذٔری یہِ اکہِ نسلہِ پٹھ بیکِس نسلَس تام واتہِ ناوان۔ کلچر چُھ اَسہِ یتہِ ہیچھِہ ناوان زِ اَکِس فردَس کیاہ چھ بنُن مستقبلَس منز۔ سہ مُلازِم بنِیا، تاجر، صنعت کار، کاشتکار، سیاست دان یا مذہبی رہنما بنِیا۔

کلچر چُھ سانٔز شخصیت Personality تہِ بناوان۔ کانہہ شُر ہیکہِ نہٕ پانَس منز اِنسانیت پاد کرِتھ یوٚ تام نہٕ سہ پننِس کلچرل ماحولَس، منز رنگہٕ ناونہٕ پییہ۔

کلچر تہٕ تمدُن: Civilization رِتھ چھ پانہٕ وانٔی اکھا اَکِس ڈکھ دِوان تمدُن چُھ انسانہٕ سنز ظاہری External ٹھوس۔ مکانکی تہٕ فائید مند چیزن سٕتی تولُق تھاوان۔ یہِ چُھ انسانہٕ سنز جسمانی یا مادی ضروٗرتہٕ پاد کران۔ یہِ چُھ اکہِ قسمہٕ انسانہٕ سنٛدِ مادی دولتٕہنز عکاسی کران۔

کلچر چُھ انسانہٕ سنٛدِس باطنَس سٕتی تولُق تھاوان۔ اَتھ منز سون زِندٕ روزنُک تہٕ سونچہِ نُک وَرتاو شامِل۔ ماہرِ سماجیات MacIver تہٕ Page چھِ وَنان "Civilization is what we have culture is what we are"۔ یہِ گتھ چھےٚ یاد تھاوٕنی ضروٗری زِ کلچر تہٕ تمدُن چھِنہٕ زِ الگ الگ نظام اُمہٕ چھِنہٕ صرف اکھا اَکِس لرِ لوٗر پکان بلکہِ چھِ اکھا اَکِس بناونَس منز معاوِن۔ مثلن زبان یا علم چُھ اکہِ قومُک کلچر۔ اَتھ پھُہلاوِنَس

منز چُھ پرنٹنگ پربس کأنی معاوِن۔ پرنٹنگ پربس چُھ تمدُنس منز شأمِل۔ اَتھے کنن سائنس تہٕ ٹیکنالوجی ستی بدلیاییہ سانہِ سونچکی سرحد، قدر، تہٕ ترقی ہندی مٔنزِل۔ بقولِ اَکھ ماہرِ سماجیات Ogburn تمدُن اگر اَکھ جسم چُھ تہٕ ثقافت چھےٚ اَمیک روح۔ Maclver تہٕ Page چھِ ونان۔

"Civilization is the driving force of society

Culture is its Steering wheel"

أمِچ وَضاحت چھِ تمہِ اکہِ مثالہِ ستی گران۔ Civilization ہٕنز مثال چھےٚ اکہِ أبی جہازٕچ یُس اَسہِ واریاہَن مُلکن ہُنٛد سأل کرِ ناوِ۔ مگر مٔنزِل طے کرُن چُھنہٕ جہازٕچ کأم یہ چھِ سانہِ مرضی Internal پیٹھ دارومدار تھاوان۔

## سماجی طاقت تہٕ کلچر

تکنیک Technology تہٕ اَقدار Value چھِ سماجَس منز پَنٕنی کأم جأری تھأوِتھ۔ تکنیک چھےٚ انسانن ہٕندِ بن اَتھَن منز تہٕ اَقدار چھِ انسانن ہٕندِ بن ذہنن منز پھاپھلان تہٕ کاڈ کڈان۔ أمیک اظہار چھِ لُکھ قلمہٕ یا زبأنی ستی گران۔ لُکھ چھِ کُنہٕ مشترکہ مفادٕ خأطرٕ سمأجی گرُوپ بناوان۔ اَکھ گرُوپ چُھ بیٚکِس گرُوپس یا کُنہِ ساتہٕ حکومتس تہٕ متأثر گران۔ اَتھ چھِ سمأجی طاقت

وَنان۔ مثلن وسطیٰ ایشیاہَس منز بادشاہی یا ڈِکٹیٹر راجس خلاف لوٗکن ہِنز بغاوت یتھ کنن 2011 ہَس منز ٹیونیشا، مصر، لیبیا، شام تہٕ یَمنس منز سپُد یا سپدان چھُ۔ یا ہندوستانَس منز اَنا ہزاری Anna Hazare سٕنز رأشی حکمرانن خلاف احتجاج چھُ سمأجی طاقتُک اِظہار۔ سمأجی طاقت چھُ انسأنی طاقت یُس سماجس اَندر اَکھ اَکس پیٹھ عمل چھُ کران۔ أمِچ تأریف کرو أسی یتھ کنن۔ سمأجی طاقت گو سماجس منز کینژن لوٗکن ہِنز سو کوٗشش یمیُک مطلب سماجس منز اَکھ تبدیلی آنٕنۍ چھےٚ۔

کُنہِ خاص وَقتہٕ وِزِ یمہ سمأجی طاقت کُنہِ سماجس منز بَرسرِ عمل چھِ آسان تِمے چھِ تمہِ سماجُک کلچر بناوان۔ تِمے چھِ تکنیک تہٕ اَقدار پھٕہلاوُنک ذٔریہ بنان۔ اِمَن دوشوٕنۍ ہِندی تعامل Interaction سٕتۍ چھُ اَتھ منز رَدبدل تہٕ سپدان۔ کلچر چھُ لوٗکھ تہٕ لوٗکو سٕتۍ بَنن والین جمأژن ہُند سوچ تہٕ اَفعالن ہُند میُل۔

سمأجی طاقت چھِ پانٕہ وٕنۍ تہٕ ٹھولہٕ ٹھول کران روزان۔ اِمن طاقتن منز چھِ اِقتصأدی طاقت، پیشہٕ وارانہٕ جمأژ۔ سیأسی طاق تہٕ مذہبی طاقت۔ سماجکۍ آسَن وألۍ لوٗکھ تہٕ سارِوے کھوتہٕ اہم تألیمی طاقت۔ یمہٕ سأری طاقت چھِ بَدل وِنین حالاتن پیٹھ اقتدار حاصِل کرنہٕ خاطرِ مُسلسل کوٗشش کران۔ اَمہِ کتھِ ہِنز وضاحت گژھِ یمہِ نقشہٕ سٕتۍ۔




سَمأجی طاقتہٕ

اِقتصأدی

سِیأسی

مذہبی

آسَن وأل

## استشنائی افراد

سَمأجی طاقت چھِ لگہٕ جمأژن منز پأدٕ گژھان مگر یمہٕ سارٕے جمأژ چھنہٕ منظّم آسان۔ تأجرن ہنز اُنجمن یا ٹریڈ یونین یا سیأسی پارٹی یا مذہبی جمأژ چھےٚ کُنہٕ حدس تام منظّم آسان۔ کینٛہہ جمأژ چھنہٕ منظّم آسان اَمن چھِ Quasi Groups خام جمأژ وَنان۔ البتہٕ کینٛہہ لُوٗکھ چھِ اَکھ نفرتہٕ سمأجی طاقت بَنان۔ یُس چھُ بأقی یَن پیٹھ تہٕ پٔژن اَثر ترٲوان۔ اِمَن چھِ استشنائی افراد وَنان اِمَن منز چھِ سائنس داں۔ مفکرین تہٕ مصلحین ہی لُوٗکھ۔ سائنس

دانن منز چھِ اڈسن، محمد ذکریا رازی، ابوالشیم آین شٹاین تہٕ مصلحین منز چھِ مارٹن لوتھر، محمد بن عبدُ الوہاب، شیخ نوٗر دیٖن وٚلی، کارل مارکسؔ، تہٕ علی شریعتی ہی لوٗکھ۔

اَکھ شخصیژ چھےٚ تمہِ ساتہٕ سیاسی طاقت بنان ییلہِ لوٗکھ تٔسندی خیالات مانان چھِ تہٕ تتھ پیٹھ عمل چھِ کران۔

## تالیم تہٕ کلچر

سماجس منز یوسہٕ تہٕ تبدیلی یا بدلاو یوان چھُ تتھ پتھ کنہِ چھےٚ تالیم۔ مثلن اسی نموٗ ہری مہٕ مثالہٕ۔ ابوالشیم یا اڈیسن کمہِ بنوو سائنس داں؟ جواب چھُ تالیم۔ سائنس کہِ ذٔریعہ بنیاو ریڈیو تہٕ ریل گاڑِ اَموٗستی کوٗتاہ اِقتصادی اِنقلاب آو۔ یا مارکسؔ تہٕ اِقبالؔ کمہِ بناوِ مُفکر؟ جواب چھُ تالیم۔ اَمودہ نہٕ وِیوکوٗتاہ ذہنی تہٕ سیاسی اِنقلاب اون ایشیاہَس منز۔ یا سوآمی دیانند، مارٹن لوتھر تہٕ محمد بنِ عبدالوہاب کمہِ بنیاوِ مصلح؟ جواب چھُ تالیم۔ اِتھے کنٚن دُنیہَس منز یمہٕ تہٕ سیاسی، اِقتصادی تہٕ سائنسی تبدیلی یوان چھےٚ تمہٕ سارے چھےٚ تالیم ذٔریعہ یوان۔ اَکوٗہمہِ صدی چھےٚ I.T. اِنفارمیشن ٹیکنالوجی ہُنٛد دور ماننہٕ یوان۔ یتھ منز کمپیوٹر تہٕ سائیبر Cyber ٹیکنالوجی دوہ کھوتہٕ دوہ ترقی پژاوان چھِ، چھُ زندگی ہُنٛد تصوٗر بدلیومُت۔

تألیم چھےٚ کلچرس رأچھ کران۔ سکوٗلن، کالجن، یوٗنیورسٹی ین منٛز کأشُر پَرٕ نأوِتھ چھِ أسی کأشُر کلچر نَیہِ پُیہ تام واتہٕ ناوان۔ زبان چھےٚ قومن زِندٕ تھاوان۔ زبأنی ورأے ہکو نہٕ أسی کُنہِ تہٕ قومُک تصور کرِتھ۔ زبان چھےٚ مذہبن ہنٛز پربزنتھ تہِ۔ مثلن اِسلامُک ناو بوٗزِتھ چھ اَسہِ عربی زبان ذہنس منٛز یوان یا ہِندۄمت ناو بوٗزِتھ چھ اَسہِ سنسکرت زبان ذہنس منٛز یوان۔

تأریخ چھےٚ گواہ زِ نومہِ تہٕ دٔہمہِ صدی عیسوی منٛز دُنیہس منٛز یمو اِنقلاب اون تمن منٛز اوس محمد ذکریا زاری، ابوالہیثم، البیرونی، عمر خیام تہٕ اِبن رشد ہی مُفکر۔ تتھے کُنن وُہمہِ صدی منٛز یمو مُفکرو انقلاب اون تمن منٛز چھِ ڈاروِن، کارل مارکس، فرائیڈ، آین سٹاین تہٕ نوم چومکسی۔

# کٔشیرِ ہُنٛد کلچر اکھ قومی پربزنتھ

قومُک مانے گوٚلوٗکن ہنٛز جماتھ یمن منٛز مذہبی، تمدُنی روأیتی تہٕ اَدبہٕ کین مأدانن منٛز ہشر آسہِ تہٕ لوٗکن تہِ پانہٕ وأنی ہشر آسہِ اکہِ قومہٕ خأطرچھ کیٚنژن چیزن ہُنٛد آسُن ضوٗروٗری۔

ا) جغرافیأئی حدبٔندی Common motherland: تہٕ گوٚزِ اکہِ قومہٕ خأطر گرِشہِ اکھ بوٚڈ بارٕ زمین خطہٕ آسُن تہٕ یتھ قُدرتی حد بٔندی یا سیأسی حد بٔندی آسہِ۔ کٔشیر چھ قُدرتی طور مغرب جنوٗب اَندٕ سلسلہ کوٚہِ پیر پانژال تہٕ

مشرق شمال اَنٛدِ سلسلہ کوٗہِ ہمالیہ یَتھ Lesser Himaliyas وَنان چھِ گیرِتھ یتھ کنن چھ کٔشیرِ اکھ قدرتی حد بٔندی۔

۲) اَکھ نسل Common Race: یمن لوٗکن ٔگنی زبان ٔگنے کلچر ٔگنی توأریخ ٔگنے مذہب تہٕ ٔگنے اَدب تہٕ ہشے رِوایژ آسن تمہٕ لوٗکھ چھِ اَکھ اَکس نزدیک روزان تہٕ روزُن پسند کران۔ پزر چھُ یہِ زِ کأشرن ہنٛزٕ ے توأریخ، اَدب تہٕ رِوایژ چھ ہشے لہٰذا ہکو اَتھ اَسی اَکھ قوم ؤنتھ۔ نیل مَت پُران مطأبق چھِ کٔشیرِ ہنٛدی اصلی باشنٛد ناگ تہٕ پِشاچ۔

۳) مُشترکہٕ زبان Common Language: زبان چھےٚ اَکھ معاشرٕ بناوان۔ بقولِ دریدا۔

''زبانہِ چھُ معاشرس سٍتیٚ واٹھ آسان۔ قومُک سورٕ ے تہذیب چھ زبأنی پیٹھ ڈٔرِتھ آسان۔ زبان چھنہٕ ٔگنہِ خاص طبقس سٍتیٚ توٗلُق تھاوان بلکہِ چھ سارے قومچ نمایندگی کران''

سوسٔر چھ وَنان زِ۔

''انسان چھُ نہٕ صرف کاینا تس متلق پننہِ زبأنی منٛز سونٛچان بلکہِ چھ کاینا تُک وِژن Vision تہٕ پننہِ زبأنی منٛز متعین کران''

زبان چھےٚ اَسہِ تہذیب ہیٚچھناوان تہٕ اَسہ مہذب بناوان۔ زبان چھےٚ اَکہِ قومچ پربٕژھ۔ ہرگاہ کانٛہہ کأشر امریکہس منٛز یا برطانیہس منٛز یا ہندوستانس

یا پاکستانس منز بُستھ کأشُر بولان چُھ یا لکھان چُھ یہِ چُھ تِہنٛدِ کأشُر آسنٕچ پربزنتھ۔ کأشُر چھِ سأری اَکے زبان بولان لہٰذا اہکو اُسی تہٕ اَتھ اَکھ قوم وٕنتھ۔

کأشرِ زبأنی نٕہنأوی جغرافیأیی سَرحد۔ اَمی دِژ قومَس اَکھ بے اِنتہا وُسعت۔ کأشر زبان چھُنہٕ صرف کشیرِ اَندر رٕٹِتھ کٕنِہ کشیرِ نٮ۪بر ضلع مظفر آباد، ضلع راجوری، ضلع جۄم (کأشری بٹہٕ تہٕ مسلمان) ضلع اُدھم پور (کأشری بٹہٕ) ضلع ڈوڈہ، ضلع کشتوارس منز بولنہٕ یِوان۔ یتھ کِنۍ چھُ ثأبت گژھان زِ کأشر زبان چھےٚ جۄم تہٕ کشیرِ ہنز زبان۔ یِتہِ چھ پزر زِ کأشری مسلمان یا بٹہٕ خاندان جۄم تہٕ کشیرِ نٮ۪بر ہندوستانکین باقی ریاستن منز یِیتہِ یِیتہِ روزان چھِ تِمہٕ چھِ کأشر بولان۔ یُتھے یوت نہٕ کینٛہہ بٔلی کہٕ چھِ پٹیالہ پنجاب تہٕ علی گڈھ مسلم یونیورسٹی منز کأشُر پرناونکی اِدارٕ کأم کران۔

زبان چھےٚ جغرافیأیی سَرحد نہٕ ناوان۔ زبأنی منز چھُ یوٚتاہ طاقت زِ یہِ چھےٚ سمندر تہٕ کوٚہ بیابان ژٹان تہٕ پننِس وۄجوٗدس کاڈ کڈان۔ مثلن انگریزی زبان چھےٚ اِنگلستانچ ماجہِ زیو مگر یہِ چھےٚ سمندر اپارِ امریکہس منز تہٕ ماجہِ زیو بولنہٕ یِوان۔ یِتھے کِنۍ سَتھ سمندر کرِاس کٔرِتھ آسٹریلیاہَس منز تہٕ یہِ ماجہِ زیو بولنہٕ یِوان۔ پنجأبی زبان چھےٚ پأکستأنی پنجابس منز تہٕ ہندوستأنی پنجابس منز ماجہِ زیو بولنہٕ یِوان۔ اِتھے کِنۍ چھےٚ بنگألی زبان سَرحد ژٕٹِتھ بنگالس تہٕ بنگلہ

دیشس منز ماجہِ زٕوِ بولنہٕ یِوان ۔ کأشر زبان تہٕ چھےٚ کوٚہ تہٕ جنگل ژٕٹتھ اَپارِ

یپور ماجہِ زٕوِ بولنہٕ یِوان ۔

۴) مُشترکہٕ مذہب Common Religion : کٔشیرِ منز چھِ بٹہٕ ، سِکھ ،

تہٕ مسلمان بَسان ۔ کٔشیرِ ہِندِ بٹن ہُنْد مذہب چھُ ہندوستانکہِ ہندومت

نِش بیوٚن ۔ اَتھ چھِ شومَت وَنان ۔ شومت چھُ أکِس خدایَس مانان تہٕ

سِکھ تہٕ چھِ أکِس خدایَس پٔٹھ یژھ پژھ تھاوان ۔ اسلام چھُ أکِس خدایہِ

ہِندِس وحدأنتیس پٔٹھ یقین تہٕ ایمان تھاوُنک درس دِوان ۔ یِتھ کٔنۍ چھُ

ترٕنوٕنی مذہبن منز ہشر باسان مگر طریقےٚ عبادتَس منز چھےٚ فرق ۔

لِکُلٍ جَعَلنَا مِنکُم شِرعتً وَّمِنھَا جاولو شآءَ الله لجعلکُمت

اُمتً واحِدَتً ۔

۵) مُشترکہٕ تمدُن Common Culture : اکہِ قومہٕ خأطر چھُ یہٕ

سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ اہم چیز زِ تمن گژھِ اَکھ مُشترکہٕ کلچر آسُن ۔ اکہِ قومہٕ

کہِ زندٕ روزنُک دارومدار چھُ یَتھ کتھِ پٔٹھ زِ تمہٕ کتھٕ کٔنۍ ہکن کلچر

رٕژھراَوِتھ تہٕ پھولہٕ راَوِتھ ۔ بقولِ شاعرِ مشرق ۔

زندہ فرد از ارتباط جان وتن

زندہ قوم از حفظ ناموس کہن

مرگ فرد از خشکی رود حیات

## مرگِ قوم از مقصود حیات

کلچر چُھ انسأنی زندگی تہٕ انسانہٕ ہنٛد بن کمالاتن ہنٛز ترجمأنی کران۔ کلچر ییٚلہِ محدوٗد نظریس منٛز پیش ییہِ کرنہٕ اَتھ چھِ قومی ثقافت National Culture وَنان۔ مثلن کأشُر کلچر چُھ کٔشیرِ ہُنٛد قومی کلچر۔ اَمہِ علاوٕ چھِ أکِس قومس منٛز لوٚکٹۍ لوٚکٹۍ گروٗپ آسان۔ یتھ کنن کٔشیرِ منٛز دردی، شِنی، پہاڑی یا پنجابی کلچر کینٛژن لوٚکٹۍ لوٚکٹۍ گروٗپن پیٹھ مُشتمل چھِ۔ لوٚکٹۍ لوٚکٹۍ کلچرل گروٗپ تہِ چھِ کٔشیرِ ہنٛدِ کلچرٕکۍ اہم جُز ماننۍ ضروٗری۔

گوڈنچہِ وٚنۍ مےٚ یہِ زِ قوم بنٛنہٕ خاطرٕ کُمہٕ پانٛژھ چیز چھِ ضروٗری تمہٕ پانٛژ وَے عنصر چھِ کأشرِس قومَس منٛز موجوٗد لہٰذا اسہِ ثأبت زِ کأشُر قوم چُھ أکھ وٗجوٗد تھاوان۔ یتھ منٛز کُنہِ شکچ گُنجأیش چھنہٕ۔

دوٚیم وٚنۍ مےٚ زِ کلچرس منٛز چھِ سَتھ چیز آسان، یِمہٕ سَتوَے عنصر چھِ سأئنس ثقافتس تہٕ تمدُنس منٛز ضروٗرتہٕ کھوتہٕ زیادٕ موجوٗد۔ لہٰذا اسہِ ثأبت سون کلچر چُھنہِ صرف أکھ مکمل شناخت بٔلکہٕ چھےٚ أکھ بیوٚن پرزنتھ تہِ تھاوان۔



# کأشِر زبان تہٕ انگریزی

گوڈنچ زبان یوسہٕ دُنٕی یَہس منٛز بولنہٕ اَس یِوان اَس PIE Proto Indo European۔ دَپان یہِ اَس پانٛژھ ساس وٕری برٛونٹھہ 3000B.C بولنہٕ یِوان۔ اَمہِ زبانٕی منٛزٕ یمہٕ زبانہٕ درٛایہِ تِمن اَسی Indo European Family وَنان۔ تِمن منٛز آسہٕ سنسکرت، یوٗنانٕی تہٕ لاطینی زبانہٕ پانہٕ وٕنی بێینہِ۔ دأنشورو دِیُت اَمن زبانن گُن زیادٕ توجہ تِکیازِ اَمہٕ آسہٕ سیأسی تہٕ اِقتصأدی طور واریاہ اہم۔ کأشِر زبان چھےٚ دَردی زَبانٕی منٛز درٛامٕژ۔ یوسہٕ شِنا زبانٕی ستی تولُق چھےٚ تھاوان۔ اَتھ زبانٕی پیٹھ چھُ

ہندوستانٕک اَثر روٗد مُت تہٕ اَتھ منٛز چھِ ہندوستانی الفاظ Vocabulary
شرٛ پتھ أمِکۍ کیٚنٛہہ بولن والۍ چھِ أمِیک آگُر سنسکرت زبان مانان۔
جی۔اے۔گریرسن چھِ لِکھان۔

Notice may be drawn to the fact eminent scholors have drawn attention to remarkable coincidence between the Dardic languages and the language of European Gipssies. We know that the Gipsies did come from India and there appears to be little doubt that their original Indin language was some form of Dardic.
(The Dardic or Pisacha Languages)

اِنڈو یوٗرپیَن زبانو منٛز چھُ اَکھ جرمنک گروٗپ East,North and
West Germanic درٛ اُمت۔انگریزی زبان چھےٚ اے گروٗپکہِ West
Germanic زبانہِ منٛز درٛ اہمٕ۔

کٔشیرِ منٛز یُس تٲلیٖمی پالیسی 1953 عیسوی پتہٕ جٲری روٗز تَمہِ سُن کٲشرس کوٗلو
منٛز کڈِتھ تہٕ یہ زبان آیہِ گال کھاتَس ترٛاونہٕ۔واریاہ کالہٕ آو کشمیر یوٗنیورسٹی منٛز
کٲشر ڈیپارٹمنٹ بناونہٕ مگر کٲشر اوس نہٕ کالجن یا سکوٗلن منٛز پرناونہٕ یِوان۔

یتھ کنن آوِیہِ کُل تیٚہر َکنِی لاگنہٕ۔ یُس کُل تیٚہر َکنِی ییہِ لاگنہٕ سہٕ کتہٕ ووپد۔ از
یعنے 2011 عیسوی پیٹھ ییہِ کاشُر دٔہمہِ جمأژ تام پرناونہٕ مگر دٔہمہِ جمأژ اپور تہٕ
کالجن منز چھنہٕ کأشر پرناونک کانْہہ تہٕ خأطر خواہ اِنتظام۔ کأشر ہأئی
سٕکوٗل تام پرناونک مطلب گووٕ زِ بچہِ چھ ہِکان پننہِ ماجہ زیٚوٕ ستی لول برٕتھ
تہٕ سہٕ ہیکہِ کأشر پأٹھی سوٗنچتھ تہٕ کأشر پأٹھی لیکھتھ تہٕ۔ ییٚلہِ اکھ بچہِ کأشر لیکھتھ
ہیکہِ سہٕ سپد پننِس کلچرس نِش زأنی یاب۔ ییٚلہِ سہٕ پنُن کلچر زانہِ تَس چھِ پننٕز
شناخت Identity مولوٗم سپدان۔ ییٚلہِ تَس پننٕز شناخت مولوٗم گژھہِ تسنٕز
شخصیتھ چھےٚ پھأنپھلان تہٕ پوچھر لبان۔
یَتھ مضموٗنس منز گٕنزراونہٕ بہٕ کأشرِ زبأنی ہندی گُن کیٛنہہ البتہٕ اکھ وصف کرٕ
بیان سہٕ گوٚ ییہِ زبان َکتھ کنن دِیہِ سانہن طالبہٕ علمن انگریزی ہیٚچھِنس منز زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ مدد۔ أسی ییٚلہِ سٕکوٗلن منز بچن انگریزی پرناوان چھِ تمہِ ساعتہٕ
چھِنہٕ أسی کأشر اِستعمال کران۔ ہرگاہ کروتہٕ سہٕ آسہِ واریاہ کم۔
میأنی گٕذأرش چھےٚ انگریزی پرناوَن والین ووستادن زِ تمہِ گرٕنی
Bi Lingual Method اِستعمال۔ یُس تمن انگریزی پرناوَنس منز تہٕ
بچن انگریزی ہیٚچھِنس منز منز مدد دِیہِ۔ مگر اَتھ چھُ اکھ شرط سہٕ گوٚ ووستاد تہٕ بچہ
دوٚنوے گژھن کأشر لیکھتھ پرٕتھ ہیکٕنی۔ ییٚلہِ أسی انگریزی جُملن ترجمہٕ کرو
کأشر پأٹھی سانہن بچن گژھنہٕ کُنہِ قسمچ دِقت تکیاز ِ انگریزی تہٕ کأشرِ زبأنی

ہِندِ بن جملن ہِنز بناوٹ Structure چھےٚ ہشی۔ دۄنوٕے زبانہٕ چھےٚ نور لأرِ گژھ اِنڈو یوٗرپین فیملی زبانن ہٕتی توٗلق تھاوان۔ گریرسن اوس گوڈنِیک مُحقق ییمی یہِ گژھ ثأبت کُرزِ کأشِر زبأنی تہٕ انگریزیس چھ پانہٕ وٕنی بٔڈ یأدی اَلفاظن ہِنز ترتیب ہِشر۔ کأشُر زبان چھےٚ انگریزی پأٹھی V/2 زبان۔ یَتھ منٛز فعل Finite Verb Phrase لابُد دی دۄیم جاے رَٹان چھ تمام سادٕ Simple فعال Active تہٕ بیانیہ Declarative جُملن منٛز چھ لفظہٕ وَرتاو یِتھ کنۍ۔

NP+AUX_V+NP2

اَمہِ گژھ ہِنز وَکھنے کروأسی کینٛژٕ مثالوٕ ہٕتی۔

Verb Pattern Kashmiri

فاعل تہٕ فعل

(۱) جاناوار چھ وُڈان۔

(۲) نار چھ زالان۔

(۳) زۄن چھےٚ پربزلان۔

Verb Pattern English

(1)S+V

(1)Birdsfly.

(2)Fire burns.

(3)The moon is shining.

## فاعل، فعل، متلق فعل

(۱) نیر نبر۔

(۲) پتھر بیہہ۔

(۳) سو کھرِ ہیوٚر۔

(۴) مہربأنی کرِتھ نیر نبر۔

## (2)S+V+Adv.

(1)Go away.

(2)Sit down

(3)She went up stairs.

(3)Please come out.

## فاعل، فعل تہٕ صفت

(۱) تٕمی کوٚر کھاندرلو کچے۔

(۲) ژٕ چھکھ باسان ٹُنٛڈ بوٚن۔

(۳) یمہٕ ژوٚنٹ چھِ مُدٕری۔

(۴) یہِ دوا چھ واریاہ ژوٚک۔

## 3.S+V+ADJ

(1)She married young.

(2)You are looking lovely.

(3)These Apples are delicious.

(4)This medicine tastes horrible.

## 4.S+V+CV

(1)I am an Apprentice.

(2)She is a teacher.

(3)This book is mine.

(4)John became a doctor.

(۱) یہ چُھس اَکھ ژاٹھ۔

(۲) سو چھےٚ اَکھ اُستانی۔

(۳) یہِ کتاب چھےٚ میٲنۍ۔

(۴) جان بنیاوا اَکھ ڈاکٹر۔

## 5.S+V+O

(1)The teacher is writing on the black board.

(2)The boy kicked the ball.

(3)I know his address.

(۱) وہ ستاد چُھ لِکھان بوڈس۔

(۲) لَڑکن لَأ ے لَتھ فُٹ بالَس۔

(۳) بہٕ زانہٕ تُسند ایڈ رَس۔

## 6.S+V+TO Infinite Phrase

(1)We stopped to have a rest.

(2)She stood up to answer the phone.

(3)He ran to help the injured men.

(۱) أسی ٹُھہر ایہٕ آرام کرنہٕ۔

(۲) سوٗ وُژھ فوٗن تُلنہٕ۔

(۳) سُہ دڑ اوز خمیَن مدد گَرنہٕ۔

## Complex Sentences

## 7.Principal clause+Sub clause

1)Tell me/What your name is.

2)Show me/Where you used to live.

3)I showed/him how to do it.

4)Ask your teacher/how to do it pronounce

this word.

(۱) مےٚ وَن ژےٚ کیٛاہ چھُےٚ ناو؟

(۲) مےٚ ہاوٕژ گتھ جایہِ اوسُکھ روزان۔

(۳) مےٚ ہووُتَس یہِ، کتھ کَنن چھُ کرُن۔

(۴) پننِس ووستادس پرٛژھ یہِ لفظ، کتھٕ کَنن چھُ پرَن۔

## 8.Principalclause+Sub(that)clause

I Suppose/You will be there.

I see/You have broken the cup.

Do you think/ it will rain.

We all hope/you will be able to come.

What phobia she suffers/ is not known.

(۱) مےٚ چھُ باسان ژٕ آسَکھ تتہِ۔

(۲) مےٚ چھُ باسان ژ ےٚ پھُٹر ووُتھ پیٛالہٕ۔

(۳) ژےٚ چھُےٚ باسان رُوٗ دیٛیہِ۔

(۴) اَسہِ سارنی چھےٚ پژھ ژٕ ہیکَکھ یِتھ۔

(۵) تُمس کُس پژاہ گوتہِ چھُنہٕ پَے۔

ہرٕی میو مثالو لوٗ ستی چھُ ٹاکارٕ نَنان زِ کاشُرِ زبأنی تہٕ انگریزی زبأنی کوٗتاہ ہشر

Anology چھُ ۔ کرداریت پسند ہیٚچھُن تھیوری Behavaurist Learning theory چھُ پیشن گوئی کران زِ ہیٚچھُن Learning چھُ گوڈنچہ زبٲنۍ پٮ۪ٹھ دوٚیمہِ زبٲنۍ کُن پکان۔ ہیٚچھنٕچ رفتار چھےٚ رُکان ہرگاہ بچس گوڈےٚ ہیٚچھمُت علم تس رُکاوٹ بنہِ نوٚو علم ہیٚچھنس منز۔

میانہِ وَنہٕ نِک مطلب چھُ یہِ زِ کٲشُر زبان دِیہِ سانین بچَن انگریزی ہیٚچھنَس منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مدد۔ ووستاد ہیکن ضروٗرتہٕ مطابق کاٛہہ تہِ مبتھاٗرڈ Method اِستعمال کٔرِتھ۔ اَتھ چھِ وَنان Eclectic Method ۔ اِتھ کنِن بنہِ Target Language ہیٚچھُن واریاہ سہل۔

یہٕ وَنہٕ یہِ گَتھ بیٚیہِ زِ انگریزی ہیٚچھناونہٕ خٲطر چھُ زیادٕ بہتر طریقہٕ Bilingual method ۔ یہِ مبتھاٗرڈ چھُ اَسہِ وَنان زِ ماجہِ زبو گژھِ مقصدی زبو ہیٚچھنہٕ خٲطر اِستعمال کرٕنۍ۔

دون زَبانن ہیکہِ پانہٕ وٕنۍ ہشر اَستھ کُنہِ جایہِ بیٚنر Difference تہِ اَستھ ۔ یمہِ تضاد ہیکن اَلفاظن، آوازن یا بناوٹن منز اَستھ۔ ہرگاہ یمہِ بیٚنر یا تضاد اصل پأٹھی فکرِ ترن تہٕ مقصدی زبان Target Language ہیٚچھن گژھِ واریاہ سہل۔

ماجہِ زبو اِستعمال کرنہٕ سٟتی بچہِ ووستادن تہٕ بچَن واریاہ وَقت تہِ۔ نتہٕ چھُ ووستادن واریاہ تدبیر Devices اِستعمال کرٕنۍ پیوان اَدِ ہیکہِ سہٕ الفاظن

ہُنٛد معنے سمجھاوِتھ۔

چھیکرس کرٕ بہٕ سارنے ووستادن اِلتماس ہرگاہ تمہٕ وبٕ شھان چھِ پنُن کلچر زِندٕ تھاوُن ییٚیہِ پننس قومس خدمت کرٕنی تیٚلہِ پزٕ تمن۔

۱) کاشرِ زیٚوِ لول برُن۔

۲) کاشُر پرُن تہٕ لیکھُن ہیٚچھُن۔

۳) کاشُر سوٚکولن منٛز وژھِ وانٛجہِ پرَناوُن۔

مشہوٗر ماہرِ تالیم Piaget تہٕ John Dewey چھِ مانان زِ پننہِ کلچرٕ نِش دوٗر روزنہٕ ستی چھُ پرٛتھ کانٛہہ نظام تالیم نامکمل آسان۔ لہٰذا سانی تالیم چھےٚ تیٚلہِ مکمل ییٚلہِ سانی موٗل ٹُرٕنی تہٕ ژُری آسنہٕ۔ علامہ اِقبالؒ تہٕ چھِ یوٚہے کتھ یتھ شارَس منٛز وَنان۔

زندہ فرد از ارتباط جان و تن

زندہ قوم از حفظ ناموس کہن

بچہٕ کاشرِ زبانی نِش بے خبر تھاوُن گوٚکُل تیٚہرٕ کنٛی گُل لاگُن یُس نہٕ زانٛہہ ووپدٕ۔ اَتھ چھِ کاشر پاٹھی وَنان۔

پٔترن سگ تہٕ موٗلن وزٕ وت

یوٚہے وجہ چھُ زِ اَسی ہیکی نہٕ وُنیک تام بینُ الاقوامی سطحس پیٹھ کانٛہہ سائنس دان، کانٛہہ مفکر، فلسفی، مصنف یا شاعر پاٛدٕ کرِتھ۔

بہٕ چھُس پانہٕ کأشِر پأٹھؠ تہٕ لِکھان، انگریزؠ منٛز تہٕ۔ انگریزی شاعری ہٕنٛز زٕ تہٕ شیخ العالمؒ ہٕنٛدِ کلامُک انگریزی ترجمہٕ چھُ چھپامُت، یِمن ترٛ بن کتابن ہُنٛد معیار کوٚتاہ چھُ سُہ چھُ مےٚ کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد دِیُت بہٕ چھُس مانان زِ ماجہِ زیٚوِ منٛز لِکھُن پرُن گوٚپننِس کلچرس سٟتؠ وابستہٕ روزُن تہٕ پننؠن موٗلن سٟتؠ سگ دِیُن۔



# رَدِ تشکیلتہٕ کاشُر شاعری

# Deconstruction

ژاک دریدا، مشل فوکو تہٕ ژاک لاکان چھ مابعد جدیدیت Post Moderenism ترجمان مانہٕ یِوان۔ یَتھ مضمونس منٛز کرِ بہٕ ژاک دریدا Jaques Derridaسٕنٛدِ فلسفہٕ رَدِ تشکیلس متلق بَحث۔ دریدا زاو 1930 ہَس منٛز الجیریا Elmridi ناوٕ اَکِس جایہِ۔ 1925 منٛز پٕرٕتھی پیرس Ecole normale Supurieure منٛز فلسفچ تالیم۔ یِیتہٕ سٕہ پتہٕ بحیثیت وِوستاد 1965 پیٹھ 1984 یَس تام فلسفہٕ پرناوان اوس۔ اَمہِ برٛونٛہہ اوس سُہ 1960 پیٹھ 1964 Sorbonne پیرسَس منٛز فلسفہٕ پَرناوان۔ 1970 تہٕ 1980 ہَس درمیان رُودُسہٕ امریکہ یِوان گژھان یِیتہٕ سُہ واریاہن یوٗنیورسٹین منٛز پَرناوان اوس، یِمن منٛز John Hopkins

Yale تہٕ University of Calefornia Irvine ناوٕ ہنٛز لایق

چھےٚ۔

دریداچھ وُہمہِ صدی ہندٕ بہلہِ پایہِ تہٕ مُشکل ترٕین مفکرن منٛز گنٛزرنہٕ

یوان۔8 اکتوبر 2004 ہَس منٛز ییٚلہِ سُہ پیرسَس منٛز مۆدتہٕ گو مابعد جدید

دورُک اَکھ اہم باب ختم۔ دٕپان اَکہِ دوہ اوس دریداپننہِ لائبریری منٛز بہتھ

تہٕ کٔمی تام وۄننَس ''توٚہہِ چھوا یمہٕ سارے کتابہٕ پَرمٕژ''

تٔمی وۄننَس جواب ''نہٕ مےٚ چھےٚ اَمو منٛز صرف ژور کتابہٕ پَرمٕژ مگر تمہٕ چھم

غورٕ سان پَرمٕژ۔

دریداچھُ مانان زِ زبان چھےٚ لامحدوٗد تہٕ اَتھ پیٚٹھ چھُنہٕ کانٛسہِ کنٹرول مگر قرأژ

پیٚٹھ ہیکہِ قوہٕ اَستھ۔ متنہٕ کہِ قرأژو زِ گژھَن معنیکی سأری دروازٕ یلہٕ روزٕنی۔

دریداچھُ فلسفُک اَکھ ووستادا وسمُت۔ تٔمی ہنٛز تخلیق چھےٚ جاۓ فلسفیانہٕ تمہِ پتہٕ تہٕ

چھُ تمہٕ اَدبی جاۓ تہٕ فلسفیانہٕ کم۔ فلسفی چھ وَنان زِ فکر انسأنی چھےٚ زبأنی ہنٛز و

ہانکلو منٛز نبر نیرُن۔ مگر دریداچھُ مانان زِ انسأنی ذہن ہیکہِ نہٕ زبأنی ورأے

سۄنچتھ۔ تٔمی لیچھِ 1967 ہَس منٛز ترٕے کتابہٕ۔

(1)OfGrammatology

(2)WritingandDifferance

(3)SpeechandPhenomena

1974 ہَس منز گواِمن کتاب امریکہَس منز انگریزی پأٹھی ترجمہٕ تہٕ تُلکھ فلسفہٕ
کِس دُنی یہَس منز وُ تہٕ ہنیل ۔ دریدا بنیو وپننہِ نظریوٕ کنی توجہک مرکز۔

ساختیات Structralism اوس ہیئت Form تہٕ معنیَس پانہٕ وٕنی رِشتس پیٹھ زور دِوان۔ سہٕ اوس نہٕ مصنف ہندِ شخصیژ پیٹھ ہُلی کہِ فنپارَس Artifact پیٹھ زور دِوان۔ مگر پَس ساختیات Post Structuralism تہٕ رَدِ تشکیل چُھنہٕ ہیئتس تہٕ معنیَس واٹھ دِوان ہُلی کہِ چُھ یہِ معنیکس چھلہٕ پھلہٕ کرنس پیٹھ زور دِوان۔ یہِ چُھ فن پارُک دُشمن نہٕ کہِ دوس۔ یتھ کنن چُھ تنقید بقولِ دریدا، لاکان، باتھ تہٕ فوکو ہندیو نظریوٕ کنی اَکھ ''تخلیق'' بنیامژ۔ ژاک دریدا چُھ رَدِ تشکیل یمن لفظن منز وضاحت کرنہٕ واوان۔

"Every philosophical argument is structured in terms of opposition. We have not peaceful co-existance of facing Terms out a violent hierarchy. One of the terms dominate the other(axiologically, logicaly etc)Occupies the commanding position. To the deconstruct the opposition is above all at a particular moment to reverse the hierarchy"

(Prof.R.k.Agnihotri:Deconstruction)

گُلَر Jonathan Culler چھُ رَدِ تشکیل دریَد اُسنٛد سوٗرِ ے کلام پُرٕتھ یِتھ کٔنن وبزٕھناوان۔

"To deconstruct a discourse is to show how it undermines the philosophy it asserts, or the hierararehical opposition on which it relies, by identifying in the text and then dismantaling the rhetorical operation that produce the opposed ground of argument, the key concept on premise"

(Prof.R.k.Agnihotri:Deconstruction)

یِمو دۄنۄ یو تعریفو Definition تَل چھُ اَسۍ یِتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ رَدِ تشکیل چھُ متنَس Discourse پیٹھ ژھانڈو یا لُروٗچ Dismantling سوٗ عمل یوسہٕ ترٕے نوکتہٕ أنزراوان چھِ۔

ا) متن چھُ اکثر دون مخالف دَربن ہُنٛد حاصلِ ضرب آسان۔ یِمہٕ زٕ دٔرۍ چھِ گٔھسِتھ Superior تہٕ وٕسِتھ Inferior۔ رَدِرشکیل چھُ گٔھسِتس ژٕ أنگج کٔڈِتھ وٕسِتھ بناوان۔

۲) مقالہٕ یا متن۔ کتھ کنن چھُ پأنی پانے تتھ فلسفس وَ گوٚ کڈان۔ یتھ پٹھ سہ پانہٕ ڈٔرِتھ اوس۔

پھرِتھ نظام مراتب Reversed Hierarchy پٹھٕ ہیکہِ دُبارٕ ردِ تشکیل سپدِتھ۔ یتھ کنن چھُ ردِ تشکیل غأر استقرأری Destabilisation ہُنٛز اَکھ دأیمی عمل۔

ردِ تشکیل چھنہٕ صرف نظام مراتب پھیوٚرتھوٚرکرُن۔ یوٚ دوٚے یہِ اَکھ چیز اَتھ دوران سپدان روزان چھُ۔ بُنٛیأدی چھُ یہِ اَکھ طریقہ کار یُس متنٕچ بناوٹ فکرِ تاران چھُ۔ أمیک مرکز بدٕ کڈان چھُ۔ بیٚیہِ تمہِ خیال تہٕ نوکتہٕ نٔزراوان یمن پٹھ یہِ متن ڈٔرِتھ چھُ۔ یہِ مأنی تون اَکھ تحقیقی عمل یوٚسہٕ متنک زٔگ تہٕ پروٚن بدِ چھِ کڈان۔ ردِ تشکیل چھُ کینٛژن غلط فہمین مثلن موجوٗدگی Metaphysics of presence تہٕ نقطہ مرکزیت Logocentrism أندری پھاٹہٕ وان۔

ردِ تشکیل چھُ متن Text تھٕے کنٛز پران زِ معنے چھُ بے دخل Undo گژھان۔ معنے تِلمہِ گرنک مطلب گو زِ متنس چھِ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معنے نیران۔ دریداہَن کوٚر افلاطوٗنَس پٹھ روسوٗس تام بیٚیہِ ہیگل ہایڈیگرتہٕ ہوسرلٕ ہندِ بن فلسفی بیانَن ہُنٛد تجزیہ تہٕ ووٚنُکھ مغرب چھُ معنیٚچ موجوٗدگی لفظ Logos پٹھ زور دِوان۔ اَتھ چھُ سہ Logocentrism وَنان یُس

اَصلی آوازِ کلام یا تقریرس پیٹھ ذٔرِتھ چھ یتھ سٕہ صوت مرکزیت
Phonocentrism وَنان۔

یعنے سٕہ چھ تقریرس، تحریرس پیٹھ بجر دِوان۔ دریدا اُسند یہِ قول چھ دراصل
ساسو Saussure سٕندِ یمہِ نوکتہٕ منز درٕ امُت، زِ معنے نما Signifier نہٕ
تصور معنے Signified چھےٚ فرق کرنہٕ ستی حاصل سپدان۔ یُس زبأنی منز
معنے نماہَس تہٕ معنیس درمیان چھ آسان۔ لہٰذا ہکوٕنہٕ اَتھ موجوٗدٕ نتھ مگر یہِ
چھنہٕ غأر موجوٗد تہِ آسان۔ یعنے معنیُک Effect چھ آسان۔

تحریر Logos تہٕ تقریر Phono چھِ جورِ چھ دریدا متشدد فوقیتس ترتیت
Violent Hierarchy وَنان۔ تقریرس منز چھ موجوٗدگی ییلہِ زَنہٕ تحریرس
دوٚیم درجہِ چھ۔ فوقیتی ترتیب چھ تلُک پیٹھ تہِ سپدان۔ تقریر یا تحریر کین
بدل وُنہِن معنین چھ دریدا Supplement ناو دِوان۔ یعنے اِمہٕ چھِ اَکھ
أکس مددگار۔ تحریرس منز چھ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ مِلاوٹ آسان۔

دریدا چھ وَنان زِ تحریر تہِ چھ آلوٗدٕ آسان ئلی کہِ چھ تقریرٕ چ جاے رَٹان
تِکیازِ تقریر چھ گوڈٕے لیکھتھ آسان۔

Speach is always already written

یہِ بیان ہکوٕ أسی شیخ العالمؒ سٕندِ اکہِ شارٕ ستی بڈٕ اصل پأٹھی سمجتھ۔

ییٚتہِ تہٕ مےٚ ژٕرے تتہِ مےٚ ژٕرے

مےٚ ژٕرے گر تم گُلزار

اَتھ شارس منز چھِ شیخ العالمؒ خدایَس وَنان زِ یَتھ دُنی یہس تہٕ دُنی یہس منز چُھکھ مےٚ ژٕرے ڈٔکھ بہٕ چھُسے دُعا کران زِمیٲنی زندگی پھولہٕ راو۔ ہرگاہ یوٚ ہے شار یتھ کٔنِن یی پرنہٕ۔

ییٚتہٕ تہٕ میٚژٕرے تتہٕ تہٕ میٚژٕرے
میٚژٕرے گر تم گُلزار

أمیُک معنے چُھ ہیٚرِ بوٚن بدلان۔ یعنے شیخُ العالمؒ چھِ تیلہٕ اَتھ شارس منز وَنان زِ میوٚن وُٚجوٗد چھےٚ مِژٕرے تہٕ مُرتھ چُھ مےٚ میٚژِ منز وَسُن۔ خدایا میوٚن وُٚجوٗد تہٕ کرُن نوٗرٲنی بیٚیہٕ میٲنی قبرتہٕ گرٕی زبن گُلزار۔

یہٕ گتھ چھےٚ ژٕہنس تھاوِنی لایق زِ رَدِ تشکیل چھُ قرأ ژِ پرَنس پٮ۪ٹھ زور دِوان نہٕ کہِ لکھنَس پٮ۪ٹھ۔ آئی۔ اے۔ رچاڈس چھُ وَنان زِ لفظن چھُ ژور قِسمہٕ معنے آسان۔ گوڈنیُک معنے گو حِس Sense۔ یہٕ گو سادٕ تہٕ اَدبی یا کتأبی معنے۔ دوٚیِم معنے گو احساس Feeling اَتھ منز چھِ جذبات، خاہش، خُشی تہٕ غمہٕچ باوَتھ آسان۔ ترٛیِم معنے گو سُر Tune یہٕ چھُ لکھن وٲلی سُند نوقطٕ نظریُس سہٕ پرَن وٲلِس کُن ہاوان چُھ۔ ژوٗرِم معنے گو Intension یہٕ گو لکھن وٲلی سُند مُداتہٕ مقصد یُس تَس اہم چُھ باسان یَتھ کُن سہٕ پٔنُن توجہ پھِرُن چُھ یژھان۔

ردِ تشکیل چُھ تَتھ شۆرۆع سپدان ییٚلہِ أسی تَتھ نوکتس تام واتو ییٚتھ زمین پانٕے بنأوِ متین قوانینن پانٕے خلاف وَرزی کران چُھ ۔ دریدا چُھ وَنان اَتھ چُھ مَتَن چھلہِ چھلہِ ہوان گرٛشُھن ۔ معنے تِہ وَضاحت کران چُھ دریدا اکہِ خاص اِصلاح Differance اِستعمال کران ۔

فرانسیسی زبأنی منز چھِ اَتھ زٕ معنے نیران ۔

(۱) فرق Difference

(۲) اِلتوا Defferment

زبأنی منز چُھ معنے أمی کِنہٕ معنین منز فرقہِ موجوٗب آنتھ رۆس آسان ۔ معنے چھُنہٕ أکی ہے ڈنجہِ روزان لِہذا چُھ أمیک معنے اِلتواہَس منز روزان ۔ دریدا چُھ وَنان ۔

"Differance is a structure and a movement which can't be conceived on the basis of opposition:presence/Absence.Difference is the systamatic play of spacing (espacement) by which elements refer to one another.This This spacing is the production,both active and passive of intervals without which the full term

could not signify,could not function"

(Derrida-'Position's)

دریداچھ رَدِتشکیلُک طریقے کار دُ ءگنی قرات Double reading

وَنان۔ اَکھ قرات چھےٚ أمیُک معنے بدِ کڈان تہٕ بیاکھ أمکہِ معنیُک معنے بدِ

کڈان۔ Differance تہٕ Disseminition پیٚشِ نظر معنیَس رَد معنے

کڈان۔ یُس چھیکرس متنس قول محال Paradox سُک شکار چھُ

بناوان۔ یتھ دریدا Aporia ناو چھُ دِوان۔ دریداچھ مانان زِ ردِ تشکیل چھُنہٕ

متنَس چَھلہِ چھلہِ کران بلکہِ چھُ فقط ''عدمِ مرکزیت'' ظاہر کران۔

دُ ءگنی قرأژ سمجھنہٕ خاطرِ وُچھوکھ أسی للہ دیدِ ہٕندی شلوک رَدِ تشکیل کِس تنوظُرس منز۔

آمہِ پنہٕ سوٚ درَس ناوِ چَھس لمان

کتہِ بوزِ دَے میوٚن مے تہِ دِیہ تار

آمین ٹاکین پوٚنی زَن شمان

زو چُھم برمان گرِ گژھہ ہا

اَتھ واکھس ہیکَن واریاہ معنے نیرِتھ۔ مثلن یہ سمجھ یہٕ واکھ یتھ کنی۔

(ا) للہ چھےٚ وَنان یہ چَھس زندگی ہنٕز ناو چلاوَنس منز کمزور باسان، توٚے

چَھس یہ ناو احتیاط سان چلاوان۔ ہرگاہ مے زندگی ہٕندِس سوٚ درَس خدا تار

دِیہِ سہ گیاومیوٚن منگُن قوبوٗل گژھُن ۔ میوٚن وۄ جوٗد چھ زندگی ہُند بارٕ تُلنس

منز تیوٗتاہ اوٚیُل یتھ گن اۄمی ژاۓ نگی آبَس منز چھِ ۔ اۄدربن ژانگین آب

اَژُن چھُ سہل تہٕ تِمن آبَس پھٹُن تہِ چھُ سہل ۔ توٚے چھُس بہٕ گرٕ عالمِ ارواح

واتُن بہتر زانان۔

(۲) دوٚیم معنے ہیٚکہِ یتھ گن اۄستھ ۔ زِدُنیا یاہ چھُ اکھ سوٚدُرتہٕ میوٚن جسم چھُ

اکھ ناو۔ اَتھ سوٚدرس منز چھُس بہٕ پنٕنی ناوٕ آمہِ پنہٕ ستی چلاوان اوم پَن چھُ

للہ اکھ اِستعارٕ اِستعمال کوٚرمُت یمیُک معنے انسان سُند شہہ کھالُن تہٕ والُن

چھُ ۔ لَل چھےٚ وَنِس منگان زِمےٚ گرزندگی ہِنٛدِس سفرس منز کامیاب ۔ انسانٕہ

سُند وۄ جوٗد چھُ زندگی ہِنٛدِس سوٚدرس منز تِتھٕ کٔنن ،یتھ کٔنن اۄمی ٹاکی آبَس

منز چھِ ۔ یہُند فنا گژھُن یقیٖنی چھُ ۔ لِہٰذا اَچھ میوٚن زوٚپنُن گرٕ (عالمِ ارواح)

گژھنس بےٚ تاب۔

ہچو ہارنجہ پیژیو کان گوم

اَبق چھان پیوم یتھ راز دانے

منز باگ بازرس قُلفہ رُوٚس وان گوم

تیرتھ رُوٚس گوم کُس مالہِ زانے

یتھ شلوکس کڑٕ بہٕ معنے یتھ کٔنن۔

(۱) تیر کمانٕہ چلاونہٕ خاطر گژھِ تیر تہِ شستر وآسُن تہٕ کمان تہِ ۔ یا کمان ہچو

تہٕ تیر شِستر وآسُن ۔ دوٚنوٚنی صوٗرتن منز گژھِ تیر مضبوٗط تہٕ دوٚر آسُن ۔ اِتھے
کنِن اَکھ مکان بناونہٕ خاطر گژھِ زبن ، کنہِ ، سیرِ تہٕ لٔکر آسٕنۍ ۔

اَمن سارنٕے چیزن ہنٛدِ بہتر اِستعمالہٕ خاطر گژھِ اَکھ قابِل چھان تہٕ گاٹُل
چھان آسُن ۔ ہرگاہ مکان بناونہٕ خاطر اَکھ اَبق چھان پٲیہِ ، تیٚلہِ بنہِ یہِ عمارت
سۭبٹھٕے ناپائدار ۔ اَتھ منز بسن والین ہنٛز زندگی چھنہٕ خطرٕ نِش خٲلی ۔ یژھ
عمارت بناوٕنی چھنہٕ کانٛہہ فائدٕ ے ۔

(۲) میوٗن وٚنیٚ جوٗد چھ اَکھ لٔر ۔ مگر وٚ جوٗد سَرنہٕ خاطر چھ اَکھ گور (پیر) کرُن
ضروٗری ۔ بدقسمتی موجوٗب پیوٗنہٕ مےٚ گور صحی ۔ یٚیمہِ ستۍ بہٕ ہٕچِس نہٕ پٕنُن
وٚ جوٗد سَرِ کٔرتھ بہٕ ہٕچِس نہٕ پٕنٕنِس وٚ جوٗدس رأچھ کٔرِتھ ۔ أمِچ وَنن گیہِ تتھ
کنِن یتھ کنِن بازرس منز اَکھ وان قُلفہٕ روٚس آسہِ ۔ قُلفہٕ روٚس وانٕس چھ
ژوٗر اَژن سہل ۔ اِتھے کنِن أکس بےٚ پیر انسانس چھ شیطان سہل پأٹھۍ زور
گژھان ۔ سُہ چھُنہٕ ہیکان تیر تھ یا زیارتِ (دیدارِ الٰہی) تہٕ کٔرِتھ ۔

آلیس وَتے گیس نہٕ وتے
سمبنز سوتھے منز لوٗسم دوٚہ
چندس وُچھم ہارنہٕ اَتھے
اَتھ ناوٕ تارس دِمہٕ کیٛاہ بو
یتھ شلوکس کڈ بہٕ مانے یتھ کنِن ۔

(۱) لَل چھےٚ وَنان زِ بہٕ آیَس یَتھ دُنی یَہس منٛز ماجہِ ہٕنٛزِ مَرِ مگر یِیلہِ موت آو تہٕ ژٲیَس میٖرِ منٛز۔ زندگی اُس واریاہ کم تہٕ زندگی ہُنٛد باراوس واریاہ زیادٕ۔ لٰہذا گومیوٚن سفراَڈٕ وَتے ختم۔ پُلِ صراطَس ترنہٕ خاطر چھنہٕ میٲنی عمل سبٹھاہ۔ لٰہذا چھُ میوٚن جنت حاصل کرُن مُشکل۔

(۲) دوٚیم معنے ہیٚکہِ یتھ کنٕن اُستھ۔ یِمہِ وَتہِ بہٕ سفر کرنہِ دژایس تِمہِ وَتہِ ہیٚچس نٕہ بہٕ واپَس یتھ شاید رٲوِس بہٕ سفر کران کران۔ یتھ کنٕن موکلیایہِ میٲنی زندگی سفر مکمل کرنہٕ ورٲے۔ منٛزِ لَس واتنہٕ خاطر چھُ ڈری یاوَس اپور ترُن، تِمہِ خاطر چھُ ناوِ تار دِیُن۔ مگرمےٚ نِش چھنہٕ کانٛہہ راش لٰہذا ہیٚکہٕ نٕہ بہٕ ڈری یا واپور ترِتھ تہٕ پننِس منٛزِلَس وٲتِتھ۔

دریدا چھُ بیٚاکھ اَکھ اِصطلاح Dissemination اِستعمال کران۔ یعنے زبان چھےٚ معنیُک بیول وَوان یَتھ لنجہِ تہٕ موٚہ چھُ نیران۔ اِتھے کنٕن چھےٚ زبان متن بنٲوِتھ اَتھ واریاہ معنے کڈان۔ یُس نہٕ طےٚ شُدٕ Determinate۔ یعنے قطعی معنیُک کانٛہہ جواز پاڈٕ چھُ کران۔

بیول وَوُن Dissemination سمجھنہٕ خاطر وُچھوٚسی رُسل میرنٓ یہِ غزل تیٚچ مثال اَسہِ ردِ تشکیلس متعلق گینٛز کڈِ۔

یارٕ روے ہاوتَم بُرقہٕ تٕلی
محرابے بمن لگیو

اَتھ شارس نیرٕن یمہٕ معنے۔

۱)شاعر چُھ وَنان پنہٕ نِس ماشوقس ژٕتُل بُرقہٕ تھوٚ دتہٕ مےٚ ہاوموکھ تہٕ چانِہ دون بُمن لگہٕ بہٕ بلاے۔

۲)شاعر چُھ خدایَس وَنان زِ ژٕ ہاومےٚ رأ ژی ہِنزٕ اَنہ گٹہٕ منز دیدار۔ ژٕ ےٚ تہٕ مےٚ روزِ ہے تیژٕ اہ فرق ییژٕ اہ دون بُمن دَرمیان چھےٚ۔

یِتھ کنٕہ رسوٗلِ خدأ معراجس منز سپُد۔ یَتھ قرآن یِتھ کنٕہ چُھ باوَتھ کران۔

فکانَ قَابَ قوسینِ اَو اَدنیٰ(سورہ نجم۔۹)

۳)لِسأنی تنوظُرس Linguistic Context منز ییلہِ یہِ شار وُچھون تیلہِ چُھ أمیک معنے یِتھ کنٕ زِ شاعرس چُھ محبوٗبہٕ سُند عشق مگر سُہ چُھ وبژھان زانُن زِ ماشوٗقس تہٕ چھا عشق۔ بُرقہٕ تھوٚ دتُلتھ روے ہاوُنک مطلب گو زِ محبوٗبَس تہٕ چھا ماشوقہٕ سُند عشق یہِ کَتھ چُھ شاعر کھرٕ کرُن یژھان۔

۴)ہیتی اعتبار Physical Context بَدلہِ أمیک معنے یعنے یہِ شار ییلہِ أسی دوٚیمِہ شارٕن یا غزلہِ ہِنٛدِس تنوظرس منز وُچھون تیلہِ چُھ أمیک معنے بُتھ بدلاوان۔ مثلن اَگر یہِ شار أسی غزلہٕ کِنہ یمن شارٕن ہِنٛدِس تنوظرس منز وُچھون۔

قد نازٕ چہِ اَمہِ پوٚت ژہاے خودمَسول وٕجنس ماے
زُلف نازن مو مار گراے رُمہٕ رُمن رُمن لگیو

ہی وُچھس روپہٕ ہندی قُبے معرفت زن وٕ تھمت بَبے

روے ہا ونتہٕ دِل پھیرِ بم دُبے چاو دود موصمن لگیو

اَموشار وتلہٕ چھ باسان زِشاعر چھُ ماشوقہٕ ہندِس سراپاہَس عاشق۔ سُہ چھ باسان عشق مجازَس منز گرفتار۔

۵) عملیت Pragmatics مطلب گوٚ نتیجہِ کیاہ چھُ نیران یعنے شاعر کیاہ چھ اَصلی وَنُن یژھان۔ ہرگاہ شار یمن دون شارَن ہندِس تنوظُرس منز وُچھون۔

پان وُٹھ چائی ماشوقہٕ شوٗبان جان ودِل میوٚن تتھ آولوٗ بان

ژھاے تمہِ چی گاٸژ محبوٗبن ریزلو نَمن لگیو

وَنتہٕ رُسلس گتہِ مشے ہرنہٕ چھَس برنہٕ آٸتی اُشے

اَتھہٕ تراوتَم ہاسر گشے درٚسہٕ مولاے بُمن لگیو

غزلہِ ہندبن یمن دون شارَن منز چھُ شاعر ماشوقہٕ ہندِس عشقس منز یوٗتاہ غرق زِتَس چھُنہٕ موکلن پاے باسان۔

عشقہِ حقیقی ہنٛزِ گرفتاری منز وَدان رِوان آسان۔ غزلِہ ہندبن ہیٛرِ میوشارو ہتی چھُ باسان زِشاعر چھُ مجازَس منز حقیقی دیدار کران۔

میانہِ حسابہٕ چھُ کُلہم غزلِہ ہُند معنے عشقہٕ مجاٗزی یُس عشقہِ حقیقی یَس کُن اَکھ قدم چھُ۔ یہِ چھُ کاشُرِ صوٗفی شاعری منز اَسہِ جایہِ جایہِ درٛینٛٹھی گژھان تہٕ

تصوفس منز چھ سائی کس یہِ اَکھ منزل۔

رَدِ تشکیل چھُ واضع کران زِ سہ چھُ فقط معنیس پتھ زور دِوان۔ یعنے زبأنی ہندِ ذٔری یہِ کتھ کنن چھُ معنے یا علم پأدٕ سپدان۔ دریدا سُند یہ اصطلاح Differance چھُ رَدِ تشکیلُک مرکزی نوکتہٕ۔ یہِ فرانسیسی لفظ چھُ انگریزی اَلفاظن Difference فرق تہٕ Deferment اِلتواہَس درمیان اَکھ لفظ یَتھ دونوے معنے چھِ نیران۔ ظأہری طور چھےٚ یہِ اَکھ لوٚکٕٹ کتھ باسان مگر عملی طور چھےٚ یہِ اَکھ بٔڈ بارٕ کتھ۔

افتراق Differance تحریکہِ چھےٚ یِمہٕ ترےٚ خصوٗصیژ۔

۱) یہِ چھُ زبأنی افتراق Differance ستیٚ معنیس وُسہٕ جار دِوان۔

۲) یہِ چھنہٕ صرف عناصرن غأیِب، عناصرو ستیٚ معنے کڈان۔ دریدا چھُ غأیبہٕ کِس تصوٗرس جھلک trace وَنان۔

۳) زبأنی ہندِ بن کارگر عنأصرن منز باگ چھُ فأصلہٕ Spacing آسان یہِ فأصلہٕ یا وَقفہٕ چھُ معنکس افتراق تہٕ اِلتواہچہِ عملہِ منز اَکھ اہم رول اَدا کران۔

دریدا چھُ وَنان زِ معنے یُتاہ موجوٗد چھُ تیُتاہ چھُ سہ اِلتواہس منز۔ اِلتوا ٚیک معنے گوٚو زِ زبأنی منز چھنہٕ کانٛہہ معنے قأیِم۔ پرٛتھ کانٛہہ لفظ چھُ معنے خأطرٕ بیکہِ لفظُک موحتاج۔ دوٚیِم لفظ چھُ ترٛیِمہِ لفظُک موحتاج۔ ترٛیِم لفظ چھُ ژوٗرمہِ

لفظڪ موحتاج ـ يہ سلسلہ ڇُهنہ موڪلن وول ـ دريدا ڇُھ مانان زِ معنے ڇھنہ موجوٗدے نہ ڇھ اَتھ ڪانٛہہ مرڪز ـ يعنے معنے ڇُھ ھميشہ متلق Always Deferred ـ

يہ ڳتھ ڇھےٚ ٹاڪارٕ ننان زِ ردِ تشڪيل ڇھنہ متنس متلق غار جانبدار ٲسِی ڪہِ ڇُھ متنچہِ معنے ڪڈنچہِ عملہِ وُسہ جار دِوان يُس وُينڪ تام مغربَن دبأوِمُت أس ـ يہِ ڇُھ معنيس وِزِ وِزِ دُبہٕ پھران ـ بيٛيہِ ڇُھ معنيس بيٚاڪھ آسُن اُڪُن اِشارٕ دِوان ـ يہ ہُہ آسُن ڇُھ ڇھ دٔ بتھ روزان ـ Otherness[1]

اَمہِ جبرُڪ Repression وجہ ڇُھ يہ زِ علم ڇُھ پنُن اِقتدار Power تقأيم وبڑھان تھاوُ ن ـ ردِ تشڪيل ڇُھ قرأ ژہندی ڳنڈمُڑ راوان ـ



1ـ بیٚنہر ، بدل ، بُتھ ، یا ہُہ آسُن ، تہِ ہکوس دٔ بتھ ـ

# فلسفہ تقدیر تہٕ اِقبالؒ

بُدھ مذہب چھ مانان زِ یَتھ کاینا تَس منز چھِ صرف دود تہٕ دَگ۔ بیٚیہِ چھ انسان اَکھ شَر۔ عیسائی چھِ وَنان۔ کاینا تَس منز چھ گناہ تہٕ یوٚہے گناہ چھ انسانس ہلاک کران۔ ہندوٗ مذہب چھ مانان زِ یہ کاینات چھےٚ اَکھ دوکھ تہٕ مایا زال۔ انسان چھ گونہن ہُند اَکھ تدارُک۔ اسلام چھ وَنان زِ دود، دَگ تہٕ گناہ چھِ پٔز مگر یمہٕ ہیکن ختم کرنہٕ یِتھٕ تہٕ کاینات ہیکون دُرست Reform گٔرتھ۔ اسلام چھ انسانس واریاہ تھزر تہٕ بجر دِوان۔ قرآن مطابق چھ انسان خدایہٕ سُند نائیب یانے خلیفت اللہ۔ انسان ہر گاہ گناہ ختم کَرِنس تہٕ پننہٕ نِس نفَس پیٹھ قوبوٗ ہیکہِ کٔرتھ سُہ ہیکہِ پنُن مستقبل تہٕ تقدیر صحی بناؤتھ۔

اللہ تعالیٰ چھ فرماوان: وَنفس وماسَوٰھا ، فَاَلھمَاَ فجوراھا وتقوٰھاو

قد اَفلحَ مَن زکھٰاہ وقدخاب من دَسھاہ (الشمس ۷ تا ۱۰)

ترجمہٕ: قسم چھم ثُمہِ نفسُک یٚمی توہہِ یہ موزونیت Balanced اختیار کٔری پتہٕ کوٚر اَسہِ سُہ اَصلہٕ نِش تہٕ خراب (گوناہ) نِش واقف۔ پٔزی پاٹھی گو سُے

کامیاب یٚمۍ پنٕنۍ روح صاف تہٕ پاک تھوو تہٕ سُہ گونامُراد یٚمۍ پنٕنۍ روح موٗ کُر Corrupt کوٗر۔

اللہ تعالیٰہن دِیُت انسانس سوچنٕچ تہٕ کلام کرنٕک طاقت یِمہٕ سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈُ اختیار یُس نہٕ یِمہٕ کائنٔسہِ مخلوٗقس چُھن دِیُتمُت۔ تقدیرس متلق چھ سورہ الشمسکی ہرِم ترٕے آیہِ واریاہ گینہِ کڈان۔ اِموآیو مطابق چھ أکس انسانس پنُن اختیار پننس شعوٗرس سٟتۍ سٟتۍ پکہٕ ناوُن۔ شعوٗر رُھیکہٕ أکس انسانس بدی تہٕ نیکی ہُنٛد تمیز ہیچھ ناوِتھ۔ اختیارس چُھ شعوٗرٕچ رہبری ہنٛز ضروٗرتھ یُس انسانس پننٕز صلاحیت صحی اَندازِ اِستعمال کرناوِ۔

خدایَن سوٗزی وِزوِزِ انسانن پأغمبر وَتہٕ ہاوِکر۔ قرآن یُس اَکھ حکمتٕچ تہٕ علمٕچ کتاب چھےٚ تہٕ چھےٚ اَسہِ غوروفکر، تجزیہ، تہٕ مُشأہدٕ کرنٕچ دعوت دِوان۔ بُرٲئی خلاف جنگ تہٕ نیکی پھہلاوٕنس منٛز تگہٕ دَوبِیمہٕ مُشکلاتن ہنٛدِس مالس منٛز پنُن پان رَچھن تہٕ برۄنٛہہ پکہٕ ناوُن چھ انسانہٕ سُنٛد تقدیر۔ نیکی چھےٚ انسانس بُلند کِردار بناوان تہٕ بدی چھےٚ تمِس حیوانَن ہنٛدِس عالمس سٟتۍ رَلاوان۔

قرآنَس منٛز چھِ کیٚنٛہہ آیہِ یِمہٕ جبر Determinism تہٕ کیٚنٛہہ آیہِ اختیارَس Free will مُتلق چھِ۔ یِمو دوٕے قرآن دونٕوی خیالَن حمایت کران چھ تیٚلہِ کیاہ چھ پزر؟ اتھ بارس منٛز چھ عالِمو اَکھ مُنٛزِم وَتھ کڈمٕژ۔ پرٲنۍ Orthodox عالِم یِمن سربراہ جم اِبن سفوان اوس، اُسۍ

جبرُک Pre Destination قائِل تِمن اُسی جبری وَنان۔ اَمہِ فلسفہٕ مُطائِق چُھ انسان بےبَس تہٕ یہِ تَس اَزلَس لیکھتھ چُھ تہِ واتہِ تَس۔ اَمہِ فلسفکی مانن وألی چھِ سأنی صوٗفی شاعرتہِ۔ مثلن یمہٕ شارو چھو:

تدبیر کران سأرے وُمر رأوم
تقدیر آم نو وَنے
یِی لانہِ لیوٗکھنَم لوحِ محفوٗظَس
تی چھس نِکھٕ والان

(رحمٰن ڈار)

لانہِ کیٛاہ لیوٗکھنَم حقن
یہِ چُھ تقدیر زورا وارو

(لالہٕ آرٕ گامی)

وَنہٕ کس ویٚسے یِی نہٕ زانیوم
تی مے زانُن پیوم
یہِ دِمہٕ کس اَزلَس یِی لیکھتھ گوم
ویبراوُن پیوم

(صمد میر)

دویمہِ صدی ہجری منز آیہِ معتزلہ مفکرین یہٕنٛد زُٹھ وأصل بن عطار اوس

دِیُت انسان ہِندِس اختیارس پیٹھ زور۔ یانے انسان ہیکہِ پنُن تقدیر پانے بنأوِتھ۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ تریٚمہِ صدی ہجری منز اَشعریہ مفکرٕ ین یِہُند زُٹھ علی اِبنِ اِسماعیل اَشعری اوس۔ امووٚن زِ انسان چھ اختیار تھاوان مگر یہِ اختیار چھ خدایہِ سنٛزِ مرضی تأبع۔ یوٚ تام نہٕ کُنہِ کامہِ خدایہِ سُند مدد ہتی آسہِ سُہ بنہِ ہرگز۔ تموکوٚ راوٚ صوٗل کسب Doctrine of Acqusition پیش۔

یانے خدا چھُ عمل پأدِ کرن وول Creator تہٕ انسان چھ رٹن گرن وول Acquisiter یتھ کنن دزایہِ جبرس تہٕ قدرس درمیان اَکھ وَتھ۔ یہِ وَتھ چھےٚ قرآنکہِ یمہِ آیہِ ’’لھا ما کسبت ولیھا ما اکتسبتِ‘‘ مطأبق۔

(قدریہ فرقہٕ یُس انسانہٕ ہِندِس قُدرتس پیٹھ زور اوس دِوان زِ انسان چھ پننہِ تقدیرُک پانہٕ معمار۔ اَمِچ بنٛیاد اُس معاد ابن خالد الجوحانی ین ترأ وِمژ یتھ اُمسِ پتہٕ گیلان اِبنِ دمشقی ین گوڈ بوٚر)

اَشعری چھِ وَنان زِ طاقت چھ دوٚیہِ قسمہٕ اَکھ گو اصلی طاقت Original Power دوٚیم گو حأصِل کوٚ رمُت Derived Power یتھ تُمٕ قدیم تہٕ حادث تہِ چھ وَنان۔ تمے چھِ وَنان اَصلی طاقت (قدیم) چھُ پأدِ کرن وول ئہٕ کہِ حادث۔ انسانس چھ خداین طاقت دِیتمت لِہٰذا چھ یہِ طاقت حادث۔ خداے چھُ کامبن ہُند پأدِ کرن وول تہٕ انسان چھ صرف رٹن وول۔ خداے چھُ انسانس طاقت دِوان تُمٕ چھُنس اختیار تہٕ دِیتمت لِہٰذا چھےٚ

انسانٕس مرضی freedom of will کہِ سہٕ کیٚاہ کرِ اختیار۔

اِمامِ غزالیؒ چھِ فرماوان زِ انسان سُند فعل (کأم) یَتھ سہٕ حرکت یا قوت وَنان چُھ ترٛےٚن چیزن ماتحت آسان۔

(۱) علم

(۲) حِس تہٕ عقل

(۳) اِرادٕ

غور وفکر کرنہٕ سٟتی چھُ نَنان زِ فلأنی کأم چھےٚ بہتر۔ یِتھی چھُ علمہٕ سٟتی اِرادس وُتش لگان، یہِ اِرادٕ چھُ تیٚلہِ برٛوٗنٛہہ پکان ییٚلہِ عقلہِ چھُ باسان زِ یہِ کأم چھےٚ بہتر۔ بہتر اَمہِ تلہٕ چھُ یہِ تہِ نَنان زِ عقل تہِ چھےٚ اَکھ خاص قسمُک اِرادٕ۔ اِرادٕ سٟتی چھُ انسان اختیار کرنُک فأصلہٕ کران۔ اِمام غزالیؒ چھِ جبرتہٕ قدرُک فأصلہٕ یِتھ کنہٕ کران۔

”۔۔۔آدمی کے اندر یہ تمام افعال غیر سے حاصل ہوتے ہیں۔خود اس سے نہیں ہوتے۔اور مختار ہونے کے معنی یہ ہیں کہ وہ ارادے کا محل ہے۔جو اس کے اندر عقل کے فیصلے کے بعد کہ فلاں کام خیر محض اور موافق ہے۔جبر پیدا ہوا ہے یہ حکم جبراً ہوا ہے۔اس سے معلوم ہوا کہ آدمی اختیار پر مجبور ہے۔یہ بات اسی طرح زیادہ واضع طریقے سے سمجھ میں آئے گی کہ آگ کا فعل جلانا جبر محض ہے اور اللہ تعالیٰ کا فعل اختیار محض ہے اور انسان کا فعل

دونوں کے درمیان ہے۔یعنی اسکا فعل اختیار پر جبر ہے۔کیوں کہ یہ تیسری قسم ہے اس لئے اہلِ حق نے اسکا نام بھی الگ رکھا ہے۔اور اس سلسلے میں قرآن کریم کی اِتباع کی ہے۔اور انسان کے فعل کو کسب کہا ہے۔اس میں نہ جبر کی مخالفت ہے نہ اختیار کی۔ بلکہ اہلِ عقل کے نزدیک سب میں دونوں باتوں کا اجماع ہے''(احیاے علوم الدین جلد چار ٦١٦ ترجمہ مولانا ندیم الواجدی فاصل دیوبند)

اِمامِ غزالیؒ سِنڌِ فلسفي ۾ وَ ڪھڻي گرڻ ھِ ٻوٽي ۾ گنهِ بَنائِي وِتھ شڪلهِ ۾ ستي ـ




Al-Ghazzali's tree of Destiny(Afaque)

فلاسفرن پٽھ گو مسلمانن منڙ اَ کھ ٻيا کھ فرقہ ۾ پاڙِ ڏِيمن صوفي وَ نان چھِ ـ صوفين

مٔژ کیاہ اوس تقدیرُک تصوُر؟ مولانا رؤمیؒ سٕندی خیالات بوزو۔ تٔمی چھِ تقدیرس متلق فرماوان۔

"Among the creatures of God, man alone is grace of endowed with freedom of choice. The God has bestowed upon him in accordance with his endeavaurs but there is no question of reward or punishment for the heavenly bodies which move a under compulsion. Freedom of will in man does not mean that he can make the impossibe possible. The nature of things is such that earth cannot become water and water cannot develop the properties of honey. man is however, free to do what is possible. he has to choose between possible and impossible, His deliberation however, is a proof of his freedom within certain limitations. yet it is true, he has got superiority over other objects of nature. Every

other thing is controlled by outside influences. Man alone carries his star with himself. His course of action is not determined by earthly and heavenly bodies, unless what he wants to do is impossible. In a world of obstruction man is free to act in accordance with his plan. Thus the question of admiration and condemnation would have been non-sensical if man would have been determined. He has to struggle for higher and higher objectives. But his struggle does not mean that he is striking his head against fate, rather it is the very fate of man to struggle. Struggle against destiny is his very destiny.

(Khalfa.A.Hakim.Metaphysics of Rumi;p.71

مُسلم فلاسفرو چھُ تقدیرس متلق پنٔنہِ رایہِ دِژمژ۔ یمن منز وبڑھ بہٕ اِبن رشد

سندی خیالات پیش کرنی :

"Man is neither predistined to fatalism nor to freewill. He is determined. Determinism is the production as of acts accoding to their appropraite causes. causes are external or internal. Our acts are accomplished both through our will and compability of extreme happening. Human will is determined by our stimuli which is subject to definite regularity and harmonic order according to the Universal will of God. Not only are our acts determined by causes from without, they are also related to causes from within ourselves. The determined regularity in external and internal causes is what we call predestination. God's knowledge of these causes and of what results from them is the reason for their being."

(M.M.Sherif:A History of Muslim philosophy;p.556)

علامہ اقبالؒ سُند نظریہِ تہٕ چھُ مولانا رومیؒ یَس تہٕ اِبنِ رشدس نزدیک باسان۔ تقدیر پرستی خلاف چھُ تٔمی پٔنن نثری تخلیقن منز کھلہٕ مخالفت کٔرمٕژ۔ یوٚدوے شاعری منز تٔمی اختیارس پیٹھ زور چھُ دِیُتمُت مگر سُہ چھُنہٕ تیوٗتاہ واضع یوٗتاہ تسُند نثر چھُ۔ کینٛہہ شارُو چھتو۔

عبث ہے شکوہ تقدیر یزدان

تو تقدیر یزدان خود کیوں نہیں ہے

یا

قسمت کے ہیں پابند جمادات و نباتات

مومن فقط احکام الٰہی کا ہے پابند

اقبالؒ چھُ جرمنی فلسفہٕ Confugurationism قٲیِل یُس مسلہٕ حل کرنَس منز سونچ ہِنکس مالس منز بصیرتَس Insight پیٹھ زور چھُ دِوان۔ سُہ چھُ وَنان زِ سٲنی بصیرت چھُنہٕ علت Causality پیٹھ منحصر بٔلکہ سانہٕ اوٚندرُونی خٲہشہٕ ماتحت تِکیازِ کانٛہہ کٲم کرنُک فٲصلہٕ چھُ انسان پنٕنہِ مقصد خاطر کران۔ نہرم ماحول Environment ہرگاہ انسانس موافق آسہِ تہٕ سُہ چھُ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ آزٲدی لبان۔ تقدیرُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ عمل چھے

ماحول بناوان۔ انسانس اَندر چھُ اَکھ Potential Power یُس سُہ Actual Power منز بدلاونک طاقت چھُ تھاوان۔ لہٰذا چھُ سُہ پننہِ عملہِ ہُند پانہٕ ذِمہٕ دار۔ اَکہِ بیائی پھلیک تقدیر چھُ یہِ زِ سُہ بنہِ اَکھ گُل، مگر سُہ بنہِ تیلہِ اَکھ گُل ییلہِ تَس آب تہٕ وُشنیر ضۆرۍ رتہٕ مطابق واتہِ۔ تِتھے کٔنی اَگر اَکھ انسان پنُن ماحول سازگار بنایہِ نہٕ۔ سُہ گژھِ ہلاک۔

اقبالؒ چھُ لکھان۔

"The destiny of a thing is then not an unrelenting fate working from without like a task master;it is the inward reach of a thing,it realizable possibilities which lie within the depth of its nature,and serially actuals themselves without feeling of external compulsion."

(The Reconstruction,p.47)

اقبالؒ چھُ وَنان زِ انسان چھُ پننہِ قسمتُک پانہٕ مالک تہٕ ذِمہٕ وارتہِ۔ پننِس اَکِس شارَس منز چھُ سُہ وَنان زِ اَکھ فرد Individual سُند تقدیر، کتھ کٔنی چھُ بنان۔ شار چھُ

یقین محکم عمل پیہم محبت فاتح عالم

جہاد زندگانی میں یہ ہیں مردوں کی شمشیریں

(1 ) یقین محکم Will power : قوت اِرادٕ دی چُھ أکِس مُسلمانس منٛز دوٕیو چیٖزوٕ ستی مستحکم سپدان۔

(ا) اطاعت: تٕمس خدایس سٟتۍ، نبیؐ سٟتۍ تہٕ بیٚیہٕ پننٮ۪س حاکِم سٟتۍ اِطاعت تہٕ تابعٕ داری کرتہٕ ییمہٕ ستی تٕمی سٟتۍ خودی مضبوٗط بنہٕ۔

ب )ضبطِ نفس: عبادت خاصکرِ تہٕ نماز چھےٚ أکِس انسانس منٛز ضبطِ نفسس تہٕ تعلق باللہ پاداکران۔

اختیارس متلق چھِ علامہ اقبالؒ فرماوان:

"My pleasures, pains and desires are exclusively mine, forming a part and parcel of my private ego alone. My feelings, hates, loves and judgements and resolations are exclusively mine. God himself can't feel, judge and choose for me when more than one course of action are open to me."

( Iqbal:'The Reconsrtuction P.100)

"Ethically speaking, Therefore man is naturally

good and peaceful. Metaphysically speaking, he is a unit of energy, which can't bring out its dormant possibilities owing to its misconception of the nature of its environment. The ethical ideal of islam is to give him a sense of responsiblity to make him conscious of himself as a source of power."

(Sherwani: Speeches & Statements of Iqbal; P.103)

(2) عمل پیہم: اللہ تعالیٰ چھُ قرآنِ کریمس منٛز فرماوان۔

لقد خلقنا الانسان فی کبد (البد ٩ : ٤) اَسہِ بنوو انسان مشقتٕکس حالتس منٛز روزن وول۔ اَمہِ سٟتؠ چھُ یَتھ کتھِ کُن واضع اِشارٕ میلان زِ محنت تہٕ کشمکش چھےٚ انسان سُند تقدیر۔ محنت سٟتؠ ہیکہِ انسان خودی پرآوِتھ تہٕ سوٚکوٚنٕچ زندگی گُذارِتھ۔ محنت گژھہِ زندگی منٛز تامیری کامہٕ خاطرٕ آسٕنۍ نیکی سٟتؠ چھُ انسان سُند Will Power مضبوط بَنان تہٕ بُدی سٟتؠ چھُ قوتِ اِرادی کمزور گژھان یہِ کتھ چھےٚ سُہ یَتھ شارَس منٛز گاشہِ راوان۔

عمل سے زندگی بنتی ہے جنت بھی جہنم بھی

یہ خاکی اپنی فطرت میں نہ نوری ہے نہ ناری ہے

(3) محبت فاتح عالم: Goodness of Character مضبوٗط قوت اِرأدی ہیکہِ انسانس نیک عملَن پیٹھ عمل کرنأوتھ تہٕ تمۍ سۭتۍ سیرت Character پرٛزنأوِتھ۔ نیک سیرت انسان ہیکہِ لوٗکن ہٕنٛدٮ۪ن دِلن پیٹھ حکوٗمت کٔرِتھ تہٕ نیک سیرت، یتھ کٔنن ہیکہِ بٔنِتھ۔ سُہ چھُ اَسہِ قرآنکہِ ییٚمہِ سوٗرٕ ستۍ واشگاف گرٛتھ ہان۔

والعصرانالانسان لفی خسران الذین آمنو واعملو الصالحات وتو اصو ابالحق وتوصو ابالصبر

1: آمنو (ایمان) Conviction

2: (عملہِ صالحات) Righteausness

3: (صوبالحق) RecommandTruthfullness

4: (صوبالصبر) RecommandCourage

ییٚلہِ افرادن منٛز ییٚمہٕ ژور گون پأدٕ گژھن تیٚلہِ چھُ قومن ہُنٛد تقدیر تہٕ بدلان۔ یتھ کٔنن زَن پتھ کالہِ (قرون اولیٰ ہَس) منٛز بدلیامُت چھُ۔ یہِ کتھ چھےٚ علامہ اقبالؒ یتھ شارَس منٛز وَنان۔

سبق پھر پڑھ صداقت کا، عدالت کا، شجاعت کا

لیا جائے گا تجھ سے کام دُنیا کی امامت کا

انسانس اَند رچھ یوٗ تاہ طاقت زِ سہٕ ہیکہِ پنٕن اوٚندرٕ ژٕن وُزنأوِتھ پنٕن تقدیر

کیاہ پنٕن اوٚند پوٚک تہٕ بدلأوِتھ۔ یتھ قرآن تہٕ چھُ تصدیق چھُ کران۔

(سوره الرعد آیت ١١)

پنٕن اوٚندرٕ ژٕن وُزناوُن تہٕ ماحولس ستی رلاونس چھے عٔلمچ سبٹھاہ ضروٗرتھ

۔عٔلمے چھُ انسانس وَتھ ہاوان۔ علم سمجھنہٕ خأطرٕ گژھِ عقل آسنہٕ تہٕ عمل چھے اَدٕ

کینٛہہ پھل پرٛاوان۔

It is the lot of man to share in the deeper aspirations of the Universe around him and to shape his own destiny as well as that of universe, now by adjusting himself to its forces, now by putting the whole of his energy to man its forces to him own ends and purposes. And in this process of progressive change God becomes a Co-worker with him, provided takes the initiative.

(اِن الله لا یغر ما بقوم حتیٰ یغرو ما بِاَ نفُسِھِم (الرعد۔ ١١)

Verify God will not change the condition of men

till they change what is in themselves.(13:1

If he does not take the initiative, if he does not evolve the inner richness of his being, if he ceases to feel the inward push of advancing life by then the spirit within him hardnens into stone and he is reduced to the level of dead matter. But his life and the onward march of his spirit depends on the establishment of connexion with the reality that confronts him.connexious in his. It is knowledge that establishes there connexious ,and knowledge is sense perception elaborated by understanding."

(The Reconstruction p.12)

انسان ہرگاہ گُنہِ کامہِ ہُنٛد دَس پانہٕ تُلہِ تہٕ خدایَس پٮ۪ٹھ توَکل کرِتیلہِ چھُ خدا تعالیٰ تسُنٛد ضۆرۆ مددگار بَنان۔ تَس چھُ مُشکلاتن ہُنٛد مقابلہٕ کرُن۔ انسان سُنٛد تقدیر مستقبل چھُنہٕ بٕنتھ ئلی کہِ چھُ بناوُن تَس پانَس اَتھِ۔ تسُنٛد مستقبل بنہِ

تۄہندِس حالَس Present پٲٹھ۔ ہرگاہ سُہ رٕژ کامہِ کرِ تہٕ خدایس کھوژِ۔
مخلوٗقس لول برِ تُسُند مستقبل بنہِ روشن۔ اقبالؒ چھُ راے دِتھ ہتھ کنیٗ وَنان

"Pure time, then, as revealed by a deeper analysis of our consious experience, is not a string of separate reversible instants; it is an organic whole in which the part is not left behind, but is moving alongwith, and operating in the pesent. And the future is given to it not a lying before, yet to be traversed; it is given only in the sense that it is present in its nature as an open possibility." (R.R......p.49)

تقدیر چھُنہٕ مرور خاۓلصَس سۭتؠ ٹکراوان۔ مرور خاۓلصَس Pure
Duration یَس اقبالؒ سٕندِ مطابق انسانس اَندر تخلیقی قوت پٲدٕ کرِنچ لازوال
اِمکاناتن بدِ چھِ کڈان۔ تقدیرُک مانے گوٚیہِ تہٕ بے شُمار (قوت) قابلیت
یُس انسانس منٛز اختیار، دَس تُلن تہٕ اَصلیت پٲدٕ چھُ کران۔ تمام مخلوٗقن منٛز
چھُ صرف انسانٕے یُوت یُس حِس تہٕ ہوشہٕ سان خدایس لرِ لۄر پکان
چھُ۔ جدوٗ جہد کرنٕچ تٔمی سٕنز خاہش ہُند مطلب گوٚسہ چھُ اکہِ مُنزلہٕ پٲٹھ

دۆیمس مٔنزلس تام واتنہِ خاطر پٔنُن پان تیار کران۔ ہرگاہ سہ یہِ کرِٕ تیلہِ چھُنہِٕ تٕمس تہٕ گنہِ کانٛہہ فرق۔

تقدیر چھ انسانس کأم کرنٕچ آزأدی دِوان۔ سہ گژھِ کأم کرنٕک دٕس تُلن تہٕ خدایہِ گرٕبس مدد۔ پرٕتھ کینٛہہ چھ بَنان ممکن اگر سہ ویٚژھِ (اِرادٕ گرِ) تہٕ دٕس تُلہِ۔

اِقبالؒ چھُ وَنان زِ انسانس چھُنہِٕ صرف اَکھ تقدیر آسان بٔلکہ ہیٚکہِ سہ واریاہ تقدیر بدٕ کڈِتھ۔ ہرگاہ تٕس اَکھ تقدیر راس یِیہِ نٕہ سہ ہیٚکہِ دوٚیمہِ تقدیرِچ منٛگ گٔرتھ۔ اقبالؒ چھُ یِیمہِ گتھِ ہُنٛد قٲیِل زِ ہرگاہ اَسی پٔنُن پان (اوٚندرٕ وُن) بدلاوِ تہٕ سۆن تقدیر تہٕ بدلہِ۔ انسان سُنٛد تقدیر چھُ تٕمے حسابہِ بَنان یِیمہِ وَتہِ سہ پکان چھُ۔ تِمہِ چھِ وَنان۔

گر زِ یک تقدیر خون گردو جگر
خواہ از حق حکم تقدیر دگر
تو اگر تقدیر تو خواہی رواست
زانکہ تقدیر اب حق لاانتہا است
رمز باریکش و بحرے مقمراست
تو اگر دیگر شوی اور دیگر است

ترجمہ: اگر ژٕ نے کأنسہِ تقدیرن تٕرٕ پچھہٕ کجہِ نے / ژٕ منٛگ خدایس نٔو

تقدیر / نۆ وتقدیر منگنس چھے اِجابت / خدایس تقدیرن ہۆز کمی چھنہٕ ایہِ راز چھُ أکِسے کتھِ منز گُپتھ / اگر ژٕ پنُن أندرِم بدلاوَکھ چون تقدیر بدلہِ پانئے۔

اِقبالؔ چھِ یتہِ وَنان زِ انسان ہیکہِ نہٕ خدا بنتھ نہٕ ہیکہِ تَس ستی مان مان کرِتھ۔ مگر خدایہ سندِ فضل وکرمہٕ ستی ہیکہِ سُہ پنُن پان تہٕ پنُن اۆند پۆک بدلاوِتھ۔ یہِ ہیکہِ تُسند اختیار آزادی تہٕ تخلیقہٕ کِس دأیرس اَند ر ممکن ۔امہِ کتھِ ہۆز وَکھنے چھِ تمہٕ یمن شارن منز کران۔

تو شب آفریدی چراغ آفریدم
سفال آفریدی ایاغ آفریدم
بیاباں و کہسار و راغ آفریدی
خیابان و گلزار باغ آفریدم
من آنم کہ از سنگ آئینہ سازم
من آنم کہ از زہر نوشینہ سازم (پیامِ مشرق)

ترجمہٕ: توہہِ بناۆ وراتھ تہٕ مےٚ بنوو ژونگ / توہہِ بناو میژ تہٕ مےٚ بنوو پیالہٕ / توہہِ بناۆ سیکلی، کوہ تہٕ وَن مے بناۆو باغ، پوشہِ وار تہٕ ویرِ وار / بہٕ چھس گُنہِ شیشہٕ بناوان بہٕ چھس زہرس دَوا بناوان۔



# رحیٖم صاأب سوپُوٗری

کاأشرِ صوٗفی شاعری ہِندِس سِلسلَس منٛز مُحموٗ دگاٚمی، سوچھ کرٛال، نعمہِ صاأب، شمس فقیٖر ہی بہلہِ پایکٕی گونماتھ تتھ تھزرس پٔٹھ جاے رٔٹتھ۔ تتھ تَھزرس پٔٹھ چھِ رحیٖم صاب سوپُوری تہِ پنٕنۍ جاے رٔٹتھ اَسہِ درٕینٛٹھی گژھان۔

رحیٖم صاأب چُھ یہِ دُنٛیا زِتہِ 1860 ہَس منٛز وفات سپدی متۍ۔ امہِ وِزِ اَسی أہنز واأنس پنٛژستتھ (75) وُری وَننہِ یوان۔ امہِ موجوٗب چھِ رحیٖم صاأب 1775 ہَس منٛز زامتۍ۔

رحیٖم صاأب أسی سوپور تلہِ واأنی محٔلس منٛز بَسانِ۔ یتھ ازعام طور امہِ ہٕندی ہے ناوس پٔٹھ رحیٖم صاأب محلہٕ وَنان چھِ۔ أتھی محٔلس منٛز چھ یہُنٛد مقبرٕ تہِ۔

رحیم صائب چھ ژ کہِ سوپورُک روزن وول اوسمت ۔ یمیک ثوبوت یمو شارو ستی ٹاکارٕ چھ۔

سوپور رحیم مجنونس
لأ لہِ ہُنٛد مال جاد، چھُیے

**یا**

سوپور رحمن ونہِ عشقہٕ گراوو
تی نو کأنسہِ ونہِ آوو لوے

**یا**

رحیم سوپۆری قوہ سیاہ پوش
مجنونو تی وُچھان توش

رحیم صائبَس چھ پیر قأدِر صائب رنمن (قاضی آباد ہندٕ وور) اوسمت ۔ رحیم صائب چھُھنہٕ کُنہِ جایہِ پننہٕ نِس پیرٕ سُنٛد ناولکھان ئہ تمی ہنٛدِ گامُک ۔ البتہٕ چھ پننہٕ نہِ سلسلہٕ چی باوتھ کینژن جاین کران ۔ مَثلن

خون عاشق لأ گھ تمن
اکثر عاشق چھی برمن
رحمس سلسلہ قادری درحق
واللہ باللہ تتھ چھنہٕ کانہہ شک

رحیم صائبس اُسی زِ نچی اَکھ چھُ لوکٹۍ موموٗت تہٕ بیٚاکھ چھُ پھر پیٹھ ہندٕ وور بَسنہِ گومُت ۔ تمِس چھےٚ اَکھ کوٗرتہِ اُس ہٕژیوسہٕ کریرٕ باگنہِ چھےٚ آمٕژ ۔ رحیم صأب اُسی پیشہِ کنی ووٗری ۔

رحم بسیار شرمندٕ

کرن کارِ بافندٕ

تصوفک لفظ یُس عالمِ اسلامس منٛز دویمہِ صدی ہجری منٛز اِستعمال گوٚ چھُ عالمی مَن تہٕ عأری فن درمیان اَکھ بحثک موضوع روٗدمُت ۔

مختلف عألم تہٕ عأرف کیٚاہ چھِ تصوفس متعلق وَنان تہِ بوٗزیو ۔ ابوریحان البیسنی چھِ فرماوان زِ صوٗفی لفظ چھُ یوٗنأنی لفظ صوفیاSophia منٛز دراٚمُت ۔ یمیٚک مانے دانایا گاٹُل چھُ ۔ یہ چھ صرف گاٹلےٚ یُس جموٗدس تہٕ بےحسی خلاف بغاوت چھُ کران ۔ زندگی چھےٚ اَکھ پھیرٕونیDynamic شۓ ۔ لہٰذا چھُ دانا عقلہِ ہنٛزٕ بےکتھ وَنان ۔ تہٕ دانأئی گیہ صحی علم تہٕ صحی عمل ۔ ابوالحسن نوٗریؒ چھِ وَنان زِ تصوف گوٚ پنٛن خیال غأراللہ نِش صاف تھاوُن ۔

شیخ ضیاالدین سہروردیؒ چھِ فرماوان زِ تصوفک گوڈ گوٚ علم ۔ منٛزِم گوٚ عمل خألص تہٕ پٔتِم حصہٕ گوٚ بخشش خدا ۔

شیخ ابوسعید چھِ فرماوان زِ تصوف گوٚ پنٛن وَق تتھ منٛز گذارُن یُس سارٕوے کھوتہٕ بہتر چیز آسہٕ ۔

علامہ اقبالؒ چھِ فرماوان۔

از شریعت احسن تقویم شو
وارث ایمان ابراہیم شو
پس طریقیت چسبت اے والاصفات
شرح را دیدن بہ اعماق حیات

ترجمہ: بٕنِن پان گژھِ شریعتکس قالبس منز تہٕ اوٗن تہٕ حضرتِ ابراھیمؑ سُنٛد وأرِث بٕنِن۔ اے بُلند مرتبہ والہِ انسانا ژٕے چھیا پتہ طریقیت کیاہ گیہِ۔ شریعتس منز زندگی ہٕندی رازژھانڈٕنی گو طریقیت۔

مولانا رومیؒ چھِ فرماوان۔

ہست صوفی آنکہ شُد صفوف طلب
نہ لباس و خیاطی و دَب

رحیم صأب سوپوٗری چھ صوٗفی لفظُک مانہِ وبٕژھناوان تہٕ وَنان زِ صوٗفی لفظ چھ اَہلِ صفحہ منز دِرٛامُت۔ اَہلِ صفحہ گو بڑاندٕ پٔھکی لوٗکھ یانے اَہلِ صفحہ أسی تمن صحاب صابن وَنان یِمہٕ مسجدِ نبوی منز بہتھ قرآن تہٕ حدیثچ تالیم أسی پَران تہٕ پَرناوان۔ تہٕ یِمہٕ أسی جادٕ پہن تزکیہ نفس یانے باطنی پأکیزگی ہٕندی پابند۔ اِمٕنے کُن اِشارٕ کٔرِتھ چھ رحیم صأب وَنان۔

رحمو ژھانڈتو اہلِ صفا

یمہ نفس راوِ رِتھ کیا أے نفا

غأفلو مو کر پانس جفا

یمہ نفس راوِ رِتھ کیا أے نفا

اَہلِ صفحن ہنز تأریف کران وَنان زِ سأئلی گس تہِ چھُ یہٕنٛدٕ ے اَثر رٔٹن تہٕ زندگی یتھے کٔنن گُذارٕنی۔

سأئلی کہٕ سُنٛد پربتھ کانٛہہ شعرٕ گژھِ خدایہٕ سٕنٛزِ ذِکرِ منٛز گُذرُن۔ انسان سٕنٛز زندگی یوسہٕ نَفَس یعنے شہہ کھالنس تہٕ والنس سٕتی گنٛڈِتھ چھےٚ چھُ وبقارٕ سان گُذارٕنی۔ پربتھ کُنہٕ شَہس چھِ رأچھ کرٕنی تہٕ پربتھ کانٛہہ وَتک ژِیہہ چھُ مولہٕ وُن۔ یہٕ گَتھ چھُ رحیم صاب یتھ وَژنس منٛز یتھ کٔنی وَنان۔

ہارن تہٕ دیارن موبر طمع

آرٕ زٔتھ شُری تہٕ بأژتم چھِ بے وفا

راوِ رِتھ یم نفس بنے نو قضا

یمہ نفس راوِ رِتھ کیا أے نفا

نفَس سٕتی چھی رسول اللہ

نفسے دیت گو عین اللہ

نفسے ابتدا تا انتہا

یمہ نفس راوِ رِتھ کیا أے نفا

رٓحِیم صائبُن یہِ وٕژن چھُ Ironical یعنی تہدار۔ أمیک اَکھ مانےٚ چھُ نیران زِ اصحابِ کُبار رضوان اللہ تعالیٰ اجمعین چھِ معیار حق۔ دوٚیم زِ سالکی کہٕ سٕنٛز زندگی تہٕ گژھِ اَتھ نقشِ قدمس پٮ۪ٹھ آسنہٕ۔ترٛیم زِ پیر رہبر گژھِ اَصحابِ صفحن ہُند عکس آسُن۔ اِمامِ غزالیؒ چھِ فرماوان پیر حاصِل کرُن چھُ سالکی کہٕ سٕنٛز وٕتہٕ منٛز سارِوے کھوتہٕ مُشکل مرحلہٕ۔ تِکیازِ ہر گاہ سالکی کُس پیر زانہٕ نٕس منٛز ہنا غلطی گژھِ تہٕ تیٚلہِ چھُ مُریدس عمرِ تالہِ گلٕی گٔنڈِتھ وٕدُن۔ اوٚے چھُ مولانے رومیؒ فرماوان۔

اے بسا اِبلیس آدم روے ہست

پس ہر دستے بناید داد دست

بعضے چھُ اِبلیس انسان سٕنٛزِ شکلہِ منٛز آسان لہٰذا گژھِ نہٕ پرٛتھ کانٛسہِ ہٕنٛدِس اَتھس منٛز پنُن اَتھ دِیُن۔

انسانس چھُ ملائکن پٮ۪ٹھ علٕمہٕ کِس بنٛیادس پٮ۪ٹھ بجرتہٕ تھٕزر یمیک تصدیق قرآن شریف تہِ پاٹھی کران چھُ۔

وَعَلَّمَہ اٰدَمَہ الاَسماءُ کلھا (بقر) یانےٚ خدا ین دِیُت آدمس ملائکن پٮ۪ٹھ علٕمہٕ کِس بنٛیازِ پٮ۪ٹھ تھٕزر۔ مگر أکِس انسانس پٮ۪ٹھ بیٚکس انسانس پٮ۪ٹھ کِتھ چھُ بجرتہٕ تھٕزر تِتھ تہِ چھُ اَسہِ قرآنے رہبری کران۔

وَلِکُلٍّ درجاتَ عما عَمِلُوا (الانعام) یانے پرٛتھ شخصٕ سٕند درجہِ چھُ ٲئمی

ٍسٕنٛدِ عملہِ حساب۔ رحیم صأب چھ آدمس خلافتٕک درجہِ عشقہِ کِس بُنٛی یادٕس پٮ۪ٹھ دِوان۔ عشق یُس علم الٰہی یَس پٮ۪ٹھ ڈٕرِتھ آسہِ۔ اَوے چھِ وَنان۔

فرض تہٕ سنت کونہٕ چھُکھ پالن
یِی عاشقوتی کوٚر بیے
غأفلس پَنٕنی غفلت ڈالن
نالان چھَس بہ نیے

**یا**

شریعت شیر چھےٚ طریقت بأ گراوو
از حقیقت بجا آوو لو
عاشقو مأری فتٕک پیالہٕ پلاوو
کاوو لو نتہٕ لو
سوپور رحمٰن وَنہِ عشقہٕ گراوو
بوزنہٕ کأنسہِ نو آوو لو
دٕہن تہٕ کہن چھےٚ رأو مٕژ گاوو
کاوو لو نتہٕ لو

سأٖلی کہِ سُنٛد روحأنی سفر چھُ ترقی کران کران گژھان یَمیُک اِنتہا فکان قاب قوسین او ادنیٰ چھُ۔ اِتھے کٔنٛ چھُ رحیم صأبَس یُہ تاہ عقلہِ عرفان

یانے شریعتک علم ہوران ہوران گو علم الیقین تہِ گو علم گڑھان گڑھان۔ ر وحائنیتکی ترٛے مقام یتھ قرآن تہِ تصدیق چھ کران چھ رحیم صأب پننس أکِس وَژنس منز یتھ کنہِ باوان۔

حیران دیدارم بہ دل
چیزے ندارم غأرِ دِل
ونحن واقرب در قرآن
نزدیک پانس نِش زان
علم الیقین گو زبان دل
چیزے ندارم غأرِ دِل
کنہٕ بوٗزم حق سِر ہو
سلطان گویا پانہٕ چھوٗ
عین الیقین گو چشم دِل
چیزے ندارم غأرِ دِل
خود را نجودی عاشق شُدم
بنیاے مطلق خود شُدم
حق الیقین گو وصل دل
چیزے ندارم غأرِ دِل

اِمامِ غزالیؒ چھُ پَننہِ معروٗف کتاب ''احیا العلوم الدین'' ہَس منٛز لیکھان زِ روحانیتکی چھِ سَتھ مقام۔

(ا) توبہٕ (2) صبر (3) رندٕ (4) محبت (5) عشق (6) رضا (7) توکل۔

یِمن ستھ کانٛہہ اَکھ مقام حاصِل کرنہٕ خاطر چھُ ژۄن عنصرن ہنٛز ضروٗرتھ۔ تمہٕ چھ۔

(1) علم (2) فکر (3) عمل (4) حال

علم ییٚلہِ صحی آسہ فکر تہِ آسہِ صحی۔ فکر ییٚلہِ صحی آسہِ عمل تہِ آسہِ صحی۔ عمل ییٚلہِ صحی آسہِ سائلکہٕ سُنٛد حال (یہِ دُنیا تہٕ سہٕ دُنیا) تہِ آسہِ رُت۔



ا یہِ گَتھ چھےٚ زانٛنۍ ضروٗری زِ اہلِ صفحہ تہِ اخوان الصفا چھِ الگ الگ جمأژ۔ اہلِ صفحہ گییہِ رسوٗلِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم ہنٛدی صحاب صأب۔ تہِ اخوان الصفا چھےٚ بیاکھ جماتھ یُس 373 ہجری یا 983 عیسوی منٛز بنایہٕ تہِ اِمولیٖوکھ سائینس تہِ مختلف فلسفی تہِ مذہبی موضوٗعن پیٹھ اَکھ بڈ کتاب۔ ''اخوان الصفا'' یُس ژورن جلدن منٛز چھپایہِ۔

# تہذیبن ہنز ٹھولہٕ ٹھول

## (The clash of civilisations)

انسأنی تأریخس منز چھ تہذیب تہٕ برونٛہہ پکان۔ تہذیبن ہُنٛد کمال تہٕ زوالس پیٹھ چھ وارِیاہو تواریخ دانو، ماہرِ سمأجیات تہٕ علم الِانسانو لیوٗکھمُت۔ یمن منز ویبر Weber ٹوین بی Toynbee کا گلے Quigiley ناوہنٛز لایق چھِ۔۔ مُہذب قوم چھِ تِتھ وَنان یُس شہری تہٕ تألیم یافتہٕ آسہِ۔ کلچر تہٕ تہذیب چھ اکہِ قومُک گُلہم زندگی۔ اَتھ منز چھِ اِقتدار اِدارٕ تہٕ

سوچنکی طور طریقہٕ مُجرا یوان۔ تہذیب یتھ کالس زِند چھ روزان تیتس کالس چُھ نہٕ باڈو کڈان۔ تہذیب چھ ترقی کران تہٕ زوالک شکار تہِ گژھان۔ بیین تہذیبن منز پتھ تہِ گژھان تہٕ کُنہِ ساتہٕ وٕتھکس واوس منز دفن تہِ گژھان۔

پرنتھ کانہہ تہذیب چھ ستو (7) مرحلو منزٕ گذران۔ کا گلے چھ تمہٕ ستھ یتھ کنٕ گنزران۔ رلُن Mixture، پوچھر لبُن Gestation، پھہلاو Expansion، تضادُک زمانہٕ Age of Conflict، ہمگیر سلطنت Universalempire زوال Decay تہٕ حملہٕ Invasion۔

تأریخ چھےٚ وَنان انسانٕن اندر رچھ ہمیشہٕ تضادتہٕ ٹھولہٕ ٹھول روٗزمژ۔ یمن نقادن منز چھ کلچر فشہٕ کُنہِ ہنزٕ کأم کران۔ تگ دٕ Competition منز چھ مرکزی مُلک Core State پننین حلیفن مدد کران روزان۔ یتھ منز ڈپلومیٹک، سیأسی، اِقتصأدی تہٕ مِلٹری سامان رٔنگی بیتر شأمل چھِ۔ تہذیبی تضادٕ کی چھِ کینژہہ وَجہ یمن منز یمہٕ اہم چھِ۔

1) دُنیہس منز ترقی Developments بیہٕ بین الاقوأمی تنظیمن مثلن IMF-U.N تہٕ عالمی بینک ہِوبن اِدارن پیٹھ پنُن اَثر رسوخ تھاوان۔

2) مِلٹری طاقت حأصل کرُن یُس نیو کلیأئی پھہلاوس Nuclear

جنگی سامان بناونَس یا کم کرنَس منز سُنن چھ گژھان۔ Proliferation

3) اِقتصادی طاقت تہٕ خوشحٲلی حاصِل کرُن یُس کاروبٲری مسلن تہٕ Investment ہِو بن مَسلن منز گلہٕ کڈان۔

4) یَیلہِ کانہہ قوم پنُن ہم خیال تہٕ ہم مذہب یا ہم کلچر قومن بچاونچ کوشِش کرِ۔ أکِس قومَس بێیِس قومَس نِش بیوٚن کڈِ تہٕ یا پنہٕ مُلکہٕ منز نیبر کڈِ۔

5) یَیلہِ کانہہ قوم پنُن کلچر بێیِس قومَس پوشہِ راوِ۔

6) یَیلہِ مرکزی مُلک پننِس حلیف مُلکہٕ بدلہٕ بتھِ چھ لگان (مثلن امریکہ چھ اِسرائیل بدلہٕ مُسلمان مُلکن بتھِ لگان۔ (S.Huntington:The clash of civilisations. P.208)

ہنٹنگٹن چھ دُنی یہس منز تہذیبن ٹھولہٕ ٹھول کرنُک ذِمہٕ وار مغرِبس مانان۔ مغرِبچ پیٹھوٕلی تہٕ پرٕبتھ مُلکس منز پنُن وَکھل پارسنگس تژ اوٚن چھ فکرِ تران مگر مغرِبچ دُپن دٲلٲزی Double Standard چھنہٕ فِکرِ تران۔ مغرِبُک اول وٲنگُن نوٚن کڈان چھ سہ لیکھان۔

"Non-Westerners also do not hesitate to point to the gaps between western principles and western action.Hypocracy,double standards and'butnots'are the price of universalist

pretentions,non proliferation is preached for Iran and Iraq but not for Isreal;free trade is the elixir of economic growth but not for agriculture;human rights are an issue with China but not with Sauda Arabia;agression againist oil owing. Kuwaits is massively repulsed but not against non- oil owing Basnians.Double Standars in practice are the unavoidable price of universal standards of principles.

(S.Huntington:The clash of civilisations. P.184)

پَزر چُھ یہِ زِ مغرِب چُھ پَنُن مِلٹری قوت تہٕ اِقتصأدی ذرایہِ پتھ کَنَن محفوٗظ تھاوان زِ سُہ ییہِ پنہٕ واجنہِ پُیہِ بکار۔ مگر مُسلمان مُلکن ہٕنٛدی اِقتصأدی ذرایہِ Oil بے وایہِ پأٹھی لوٗٹان۔ امریکہ چُھ مُسلمان مُلکَن ہٕتھی یار فراہَم کران تہٕ تِمہِ بدلہٕ تیٖل نوان۔ بیٚیہِ اَکھأ کِس خِلاف بُتھی لاگے کرناوان۔ مثلن ایران،عراق جنگَس 1980-88 ہَس منٛزاوس عراقس مدد کران تہٕ

خلیجی جنگس 1991 ہَس منز کُویتَس مدد کران۔امریکہ چھُ مُسلمان مُلکَن تہٕ چینَس (China) دَرمیان تہِ پھاس تژاوِنچ کوٗشِش کران روزان۔ ہندوستانَس تہٕ پاکِستانَس دَرمیان فِتنہٕ زووُرن تہِ چھُ برطانیہ ہَن تژوومُت۔مسلےٚ کشمیر چھُنہٕ 1947 ہَس منز پاۂدٕ گومُت بلکہِ چھےٚ أمِچ بُنیاد 10 مارٕچ 1846 ہَس منز انگریزو ترأوِمژ۔ییلہِ تِموٚ گلاب سِنگھس کٔشیر پَنژ سَتتھ 75 لچھ روپیَن ہِنز۔ یِتھ کَنہِ پوٚشہِ رووتِموٚ مُسلمان اَکثرِیتی علاقس (کٔشیرِ) پیٚٹھ اَکھ غأر مُسلِم حُکمران یِمی کٔشیرِ ہِندِ بن لوٗکن پیٚٹھ 1947 ہَس تام بے وایہِ ظُلم کوٚر۔یِتھ کَنہِ گیہ انگریز ہندِ بن تہٕ مُسلمانن دَرمیان پھاس تژاوِنَس منز کامیاب۔یُس وُنی کمِن تہِ ہندوستان تہٕ پاکستانَس دَرمیان مُژکری ہِنزِ شکلہِ منز موجوٗد چھُ۔

## نسل کُشی ہِنز تأریخ

نسل کُشی ہِنز تأریخ چھےٚ ژوٗرمہِ صدی عیسوی پیٚٹھ شروٗع گژھان۔اَتھ تحریکہِ تھوو عیسأییو سأمی مُخألف Anti Semitisim ناو۔سأمی مطلب گو حضرتِ سامؑ سُند نسل۔حضرت سامؑ یُس حضرتِ نوحؑ سُند بوڈ نیچو اوس۔اَتھ منز چھِ یہوٗدی تہٕ عرب نسل یِوان۔امہِ تحریکہِ ہِنز بُنیاد اوس نسلہٕ کِس فلسفس پیٚٹھ زِ آریہ لوٗکھ یِمہِ یوٗرپکی اَصلی باشندٕ چھِ چھِ باقی نسلَن

کھسِتھ اَتھ چھِ تمہِ Aryan Superiority Theory وَنان۔ یہِ
تھیوری عملاً وعیسایو کُنوٚہمہِ صدی منٛز ییلہِ تمو 1879 ہَس منٛز یہوٗدبن
خلاف سامی مخالف تحریک شروٗع کٔر ییٚمیک سالارِ اعظم جرمنی ہُند عامر ہٹلر
اوس۔ 1879 ہَس بروٚنٛہہ اَسی یہوٗدی یَن ہُند بے وایہِ قتل کران۔
خاصکٔر تہٕ صلیبی جنگس Crusades 1096-1257
منٛز۔ عیسائی یَن ہُند مانُن اوس یہِ زِ یہوٗدیو چھُ حضرتِ عیسیٰؑ قتل کوٚرمُت
توَے اَسی تمہٕ یہوٗدی یَن ہُند بے وایہِ قتل کران۔
اِتھے کنن آو یُہوٗدیَن تہٕ مُسلمانن قتلِ عام سپین Spain واپس حاصل
کرنٕکس جنگس دوران کرنہٕ۔ 1492 منٛز ییلہِ فرڈنڈ تہٕ اَسابلا سپینکی آخری
حصہٕ فتح کٔری یمہِ مُسلمان تہٕ یہوٗدی عیسائی اَسی نہٕ بنیاہ متی تمہٕ آیہِ اَڈی مارنہٕ
تہٕ باقی آیہِ مُلکہ منٛزٕ نبر کڈنہٕ۔
1905 عیسوی یَس منٛز ییلہِ روٗسک گوڈنیک اِنقلاب ناکام گو تہٕ شوٗرِش ہُند
ذِمہٕ وار آیہِ یہوٗدی مانِنہٕ۔ 1906 عیسوی یَس منٛز مارٕ روٗسَن شیٚیو ہتو
600 گامَن منٛز ساسہٕ بٔدی یُہوٗدی تہٕ بیٚیہ کوٚرکھ گامَن لوٗٹھ۔ 1969 عیسوی
یَس منٛز کڈی روٗسَن ژور لچھ یہوٗدی تہٕ سوٗزِکھ سائبیریاہٕند بن لیبر کیمپس
LabourCamps منٛز۔
دوٚیِمس جنگِ عظیمس 1939-1945 ہَس دوران مارٕ جرمنی ہٕندی نازی

خٔلیجی جنگس 1991 ہَس منز گوٚیتَس مدد گران۔ امریکہ چُھ مُسلمان مُلکَن تہٕ چینَس (China) درمیان تہٕ پھاس ترٛاوُنٕچ کوٚشِش گران روزان۔

ہندوستانَس تہٕ پاکستانَس درمیان فِتنُک زوورُن تہٕ چُھ برطانیہ ہَن ترٛوومُت۔ مسلہٕ کشمیر چُھنہٕ 1947 ہَس منز پادٕ گوٚمُت بٔلکہِ چھےٚ أمِچ بُنیاد 10 مارٕچ 1846 ہَس منز انگریزو ترٛاوِمٕژ۔ییلہِ تِموٚ گلاب سِنگھس کشمیر پَنٕژ سَتتھَن 75 لچھَن روپیَن کِنِہ۔ یِتھ کَنِن پوشہِ روو تِمو مُسلمان اکثریتی علاقس (کشمیرِ) پیٹھ اَکھ غأر مُسلِم حُکمران یِمی کشمیرِ ہِندِ بن لوٗکن پیٹھ 1947 ہَس تام بے وایہِ ظلم کوٗر۔ یِتھ کَنِن گییہِ انگریز ہِندِ بن تہٕ مُسلمانَن درمیان پھاس ترٛاوَنس منز کامیاب۔ یُس وُنی کین تہٕ ہندوستان تہٕ پاکستانَس درمیان مُژکری ہِنٛزِ شکلہِ منز موجوٗد چُھ۔

## نسل کُشی ہِنٛز تأریخ

نسل کُشی ہِنٛز تأریخ چھےٚ ژوٗرمہِ صدی عیسوی پیٹھ شروٗع گژھان۔ اَتھ تحریکہِ تھوو عیسایو سأمی مُخألف Anti Semitisim ناو۔ سأمی مطلب گو حضرتِ سام سُند نسل۔ حضرت سام یُس حضرتِ نوٗحٕ سُند بوٚڈ نیچو اوس۔ اَتھ منز چھِ یہوٗدی تہٕ عرب نسل یِوان۔ امہِ تحریکہِ ہِنٛز بُنیاد اوس نسلہٕ کِس فلسفس پیٹھ زِ آریہ لوٗکھ یِمہٕ یوٗرپکی اَصلی باشندٕ چھِ چھِ باقی نسلَن

کھستھ اَتھ چھِ تمہِ Aryan Superiority Theory وَنان۔ یہِ
تھیوری عملاً وعیسایو گنوٗ ہمہِ صدی منز ییٚلہِ تمو 1879 ہَس منز یہوٗ دین
خلاف سأمی مخالف تحریک شروٗع کٔر یمیٚک سالارِ اعظم جرمنی ہُند عامر ہٹلر
اوس۔ 1879 ہَس بروٚنٹھہ اَسی یہوٗ دی یَن ہُند بے وایہِ قتل کران۔
خاصکٔرِ تھ صلیبی جنگس Crusades 1096-1257
منز۔ عیسأیَن ہُند مانُن اوس یہِ زِ یہوٗ دیو چھُ حضرتِ عیسیٰؑ قتل کوٗرمُت
تَوے اَسی تمہِ یہوٗ دی یَن ہُند بے وایہِ قتل کران۔
اِتھے کنن آو یہوٗ دیَن تہٕ مُسلمانَن قتلِ عام سپین Spain واپَس حأصل
کرِنکس جنگس دوران کرنہٕ۔ 1492 منز ییٚلہِ فرڈنڈ تہٕ اَساہِبلا سپینکی اَخری
حصہٕ فتح کٔرِ یمہِ مُسلمان تہٕ یہوٗ دی عیسأیی اَسی نہٕ بنیاٚمتی تمہِ آیہِ اَڈی مارنہٕ
تہٕ باقی آیہِ مُلکہٕ منزٕ نبر کڈنہٕ۔
1905 عیسوی یَس منز ییٚلہِ روٗسک گوڈنیک اِنقلاب ناکام گو تہٕ شورِش ہُند
ذِمہٕ وار آیہِ یہوٗ دی مانِنہٕ۔ 1906 عیسوی یَس منز مأری روٗسَن شیٚیو ہَتو
600 گامَن منز ساسہٕ بٔدی یہوٗ دی تہٕ بییہٕ کوٚرُکھ گامَن لوٗٹھ۔ 1969 عیسوی
یَس منز کڈی روٗسَن ژور لچھ یہوٗ دی تہٕ سوٗزِکھ سائبیریا ہٕنٛدِ بن لیبر کیمپس
LabourCamps منز۔
دوٚیمِس جنگِ عظیمس 1939-1945 ہَس دوران مأری جرمنی ہٕنٛدی نازی

Holocaust عام پارٹی شیٹھ 60 لچھ یہُو دی۔ اَتھ چھِ تاریخس منز قتلِ عام

وَنان۔ یتھ کنن آو دُنی یہکہِ کُل یہُو دی آبادی 18 مِلینو منز 6 مِلین ختم کرنہ

۔یہ قتلِ عام چھ دُنی یہچہ نسل کُشی تاریخ ہُند بد ترین واقعہ ۔دوٚیمہِ جنگِ عظیم

پتے پھیوٚ رامہِ تحریکہِ مُسلمانن کُن پُٹھ بتھ 1948 ہَس منز ییلہِ فلسطینس منز

اَسرائیل مُلکُک وُجوُد نیہ سر آو۔امہِ تحریکہِ ہوو پُٹھ بڈ ماز بتھ

1967 ہس کِس شن دُہن ہندِ جنگس منز ییلہِ اسرائیلن سارس

فلسطینس پیٹھ قبضہِ کوٚر تہ مُسلمان آیہ پننہِ مُلکہِ منزٕ نبر کڈنہ۔یتھ کنن گو

دون 2 تہذیبن ٹھولہِ ٹھول مشرقی وسطحس منز ٹاکار شروٗع۔ییمہ دوٚنوے قوم

یوٚ دوٚے سام سندی اولاد چھِ مگر یہ ٹھولہِ ٹھول گیہ مذہب کِس ژ کِس پیٹھ

شروٗع تہٕ یُس وُنہِ تہ پھیچھے جارٕی۔

یہ چھُ پزر زِ عیسائی چھِ مُسلمانن پُٹھ نمبر اَکھ دُشمن مانان تِکیازِ مُسلمانو اوس

یوٚرپس (اِسپینس) پیٹھ قبضہ مئی 711 ہس منز کوٚرمت تہٕ شن ہتن ؤری ین

گرٕکھاتہِ حکوٗمت۔اِتھے کنن چھِ یہُودی تہ مُسلمانن پننی دُشمن نمبر اَکھ مانان

تِکیازِ تِمن کوٚر فلسطینس پیٹھ اکتوبر 640 ہس منز قبضہٕ یُس یہ ڈیڑھ زِتہِ

بہَن 12 شتن ؤری ین 1967 ہس تام روٗد۔عیسائین تہٕ یہُو دین ہُند اتحاد

گو دوہ کھوتہِ دوہ بڑان تہٕ اَمِچ لاگم روٗزا مرِ یکھس اَتھس منز۔

اَمن تہذیبن ہنز ٹھولہِ ٹھول روٗزا کہِ نتہٕ بیکہِ رنگہِ دُنی یہس منز گلہِ کڈان کُنہِ

وِزِ اَسی عیسائی دَرپَردِ Behind Curtain تارِ اُوِتھ مُسلمانن اُدرِ گھل کران۔ گُنہ وِزِ نَہِ وانہِ تلوار ہیتھ تہِ لاران تہٕ ختم کران۔ کینٛہہ مثالہٕ چھے ییتھ کنن:

1) روٗسَن ییلہِ افغانستانَس پیٹھ دسمبر 1979 ہَس منٛز حملہٕ کوٗر تہٕ امریکہَن کوٗر افغان مُجاہدَن مدد تہٕ روٗد اَتہِ دٔہَن وُری یَن جنگہٕ جنگ کران۔ مُسلمانن ہُنٛد بے وایہِ قتل گٔرِتھ ژٔول روٗس فروٗری 1989 ہَس منٛز واپَس۔ روٗسُک لوکہٕ مذہب چھُ تقلیدی عیسائیت Orthodox Christanity۔

2) امریکہَن کوٗر 17 اکتوٗبر 2001 ہَس منٛز افغانستانَس پیٹھ حملہٕ تہٕ سُہ دوہ تہٕ یہِ دوہ روٗد مُسلمانن ہُنٛد قتلِ عام کران۔ وُنہِ چھُنہٕ اَتہِ واپس نیرنُک ناوہواں۔

3) امریکہَن کوٗر عراقَس پیٹھ مارچ 2003 ہَس منٛز حملہٕ ساسہٕ بُدی مُسلمان گٔترٔاوِتھ دٔژ اواَتہِ 25 اگست 2010 ہَس منٛز واپَس۔

۴) ایران عراق جنگس 88-1980 ہَس دوران کوٗر چینَن China ایرانَس جنگی سامان مہیا تہٕ عراقَس کوٗر امریکہَن جنگی سامان مہیا۔ ییتھ کٕنی اَسی زٕ تہذیب (بودھ تہٕ عیسائی) دَرپَردِ جنگ مُسلمان مُلکَن منٛز لڑان۔ امہِ جنگہٕ سِتی گو مُسلمانَن جانی تہٕ اِقتصادی نوقصان۔

اِتھے کِنۍ چھ اِسرائیل فلسطینۍ Gaza Strip کِس لوٗکن پیٹھ کالہٕ پگاہ فائیرنگ یا بمباری کرِتھ مُسلمانن ماران روزان۔ یِیہ فلسطینی علاقن پیٹھ نیہٕ نیہٕ بستی تامیر کران۔ انسانی حقوقن ہنٛز خلاف ورزی کرنس پیٹھ چھنہٕ تمِس تہٕ کانٛہہ مغرِبی ملک تہٕ کانٛہہ اِسلامی ملک اعتراض کران نہٕ گربز کران۔

یہ چھ دُنی یہس منٛز مُسلم کُش پالیسی ہُند حصہٕ۔ دُنی یاہ کِس بڈٕ بڈٕ طاقتن ہنٛز مجرمانہٕ خاموشی چھےٚ سمجھ یِوان۔ مگر مُسلمان مُلکن ہنٛز ژھوپہٕ دَم کرنک کیاہ وجہ چھ تِتہٕ یوٗزِیوٗ۔

## مغرب جمہوٗریتک دُشمن نمبر اکھ

مسلمان مُلکن ہِند حکمرانن یا بادشاہَن روٗزِ کرہ گَتھِ کُن کَل زِ تِہنٛد خاندانی مفاد رِکتھ کِنۍ روزَن بَچِتھ۔ امہِ خاطرِ کیازِ یِیہ ہےٚ نہٕ تمن پنٛن مُلک کانٛسہِ تھزٕ بوٗلی دِنہٕ وائلس تہٕ کِنُن۔

ملوٗکیت کہِ لعنتچ ذٔلیل چھےٚ اَسہِ نَنان یِیلہٕ اسی بوزان چھِ زِ مغربی مُلکو رِکتھ لوٗٹی مُسلمان مُلک تہٕ اِمَن ہنٛز قُدرتی دولت (تیل) رِکتھ آیہٕ خوشِک کرنہٕ تہٕ جمہوٗریت رِکتھ کِنۍ آیہٕ رنگہٕ رنگہٕ ٹھری پادٕ کرِتھ امن مُلکن منٛز ناکام کرنہٕ۔ عام لوٗکھ آیہٕ لِتہٕ مونٛجہٕ کرنہٕ تہٕ اُہنٛز آواز آیہ اِقتدارٕنش رُکاونہٕ تہٕ عامرن یا بادشاہَن آیہٕ پُشت پناہی کرنہٕ تہٕ رِکرِہِنۍ سون (تیل) لُٹاونچ وتھ آیہِ مغرب

خاطرٕ ہموار کرنہٕ ۔مثالہٕ خاطرٕ کرٕ بہٕ کیٛژن مُلکن ہٕنز ذِکر۔

## اَلجیریا

فرانٛسس نِش آزأدی لبنہٕ خاطرٕ دِتی اَلجیریاہ کیو لچھولؤکوٚ پٕنٛز زوٗ چھپہٕ ۔یہٕ آزأدی ہُنٛد جنگ روٗد 1954 پیٹھٕ 1962 ہَس تام اُٹھن ؤری ین جأری فرانٛسس نِش آزأدی رٹنہٕ پتہٕ بنیاو اَلجیریا ییٚہٕ اکہٕ شخصی راجُک غولام۔ غآزأدی پتہٕ بنیایہٕ اُمکی حکمران احمد بنِ بلبلاتہٕ ہوری بوم الدہن 1991 ہَس منٛز گری اَتہٕ کیولؤکو اکھ پارٹی حکوٗمت ختم کرنٕچ کوٗشش ۔اِو موٗجوٗب ترٛأوِ اَتہٕ کیولؤکو الکشنَس منٛز اِسلامک ساوِلیشن فرنٹس ISF ووٹ تہٕ گوڈٕنکہٕ رَونٛڈ پتے گراَتہٕ فوجن مُداخلت تہٕ کوٚرُن الکشن منسوٗخ۔ مُلکس منٛز وُٛزھ خانہٕ جنگی یُوٚسہ 2002 ہَس تام جأری روٗز ۔اِتھ کنن آو مُسلمان مُسلمانہٕ ہٕنٛدی دَست مارناونہٕ۔

## لیبیا

لیبیا اوس 1951 ہَس تام اِٹلی ہُنٛد غولام۔اِٹلی نِش آزأدی رٹنہٕ پتہٕ بنیاو اَتییک بادشاہ کِنگ اِدریس ۔یعنے لیبیا بنیاو کالونیل راجہ پتہٕ شخصی راجُک غولام۔سہٕ روٗد 1969 ہَس تام حکوٗمت کران۔1967 کِس عرب اِسرائیل جنگس منٛز ہیوٚک نہٕ سہٕ اِسرائیلس خلاف بوٗلتھ اِو موٗجوٗب آو سہٕ اُکِس فوجی بغاوتَس منٛز اِقتدارٕ نِش ہٹاونہٕ ییلہٕ ستمبر 1969 ہَس منٛز کرنل

معمر قدافی مُلکُک حکمران بَنیاو ۔ قدافی رُوٗد فلسطین کا زَس حمایت کران تہٕ بیٚیہِ
بأقی گُریلا تنظیمن مدد کران ۔ یِیمہِ موٗجوٗب مغرب تہٕ امریکہ نِش مُخألِف
رُوٗد ۔1980 ہَس منٛز یِیلہِ مُلکس اِقتصأدی بحران ووٚتھ ۔ حزب اِختلافن تُج
قدأفیَس خلاف آواز ۔ یُس سُہ برداش ہیٚوکن نہٕ کٔرِتھ ۔ تِمۍ بٔری مُخٲلِف پارٹی
یَن ہنٛدی لیڈرأ ڈی جیلَن منٛز تہٕ اَکثر مأرِن گولیوٚ سٟتؠ ۔ فرٛوٗری 2011 ہَس
منٛز گَیہِ قدأفیَس خلاف عوأمی تحریک شروٗع یِیمی مُلکس زٕ حصّہٕ کٔرۍ ۔
24 اگست 2011 ہَس منٛز کٔر عوأمی جمہوٗری تحریکہِ ہنٛدیو کارکُنو تہٕ سپأہیو
ترِپولی پیٚٹھ قبضہٕ تہٕ قدافی سُنٛد پےٚ چھُنہٕ گنٛے ۔

## مصر

مصر چھُ عربُک اَکھ بوٚڈ بارٕ تہٕ أمیر مُلک یُس اَکہِ پرٛانہِ تہذیبُک منزل تہِ
چھُ روٗدمُت ۔ اَتھ مُلکس منٛز روٗد کِنگ فاروق جمہوٗریتُک بوٚڈ بارٕ دُشمن یُس
پٔنٛنۍ کنٛی برطانیہ اوس تار ہلاوان ۔1918 ہَس منٛز کوٚر مصرٕکۍ أکۍ وٕکیلن
برطانیہس آزأدی ہُنٛد درخاس یُس رَد گوٚو تہٕ أمۍ وٕکیلن یُس سادزہگل پاشا
ناو اوس بنأوا اَکھ سیأسی پارٹی یتھ ناو تھوٗون وَفد Delegation پارٹی ۔ أمۍ
پارٹی زِیوٗن 1924 ہُک الیکشن ۔ مگر اَمہِ وٕقتکۍ بادشاہ کنگ فہدن پھُٹرٕوو
پارلیمنٹ برطانیہ کِس وَنہٕ نِس پیٹھ ۔1928 ہکس الیکشنس منٛز تہٕ زِیوٗن
وَفد پارٹی مگر پارلیمنٹ آو بیٚیہِ برطانیہ کِس اِشارس پیٹھ پھُٹراونہٕ ۔ اَمہِ

زٕنٛ وَفد پارٹی 1930 تہٕ 1936 ہِکس الکشن تہٕ مگر تمن حکومتھ دِنہٕ بجایہِ
بنوو بَرطانیہ ہَن کنگ فاروق مُلکُک حکمران۔ یِتھ کنٛن آیہِ مصرس منٛز
جمہوٗریت مُلے پٔژ اٹنہٕ۔

1981 ہَس منٛز ٲڈ حُسنی مبارکَن مصرٕچ حکوٗمت۔ پننِس حکوٗمتس دوران
گٔری تمہٕ بے وایہِ ظُلم تہٕ لوٗٹھ۔ تمہٕ گٔری اِخوانُ المسلموٗن پارٹی پیٹھ وِزِ وِزِ
کریک ڈاون۔ پرٛیس پیٹھ لٲجِن پابندی تہٕ مُخالِف سیٲسی لیڈر تھاوِنہٕ
مُقدمہٕ ورٲے جیلن منٛز۔ حکمران جماژ لٔج رشوت رٹنس منٛز آور۔ بے
روزگٲری بڑٕ یایہِ عام لوٗکن منٛز بڑٕ یایہِ غربی۔ ظُلم وتشدُد بڑان بڑان ییلہِ گو تہٕ
عوامس لٔج وٕتش۔ 25 جنوٗری پیٹھ 11 فروری 2011 ہَس تام موٗدی کاہ
شتھ 1100 لوٗکھ تہٕ حُسنی مُبارک ژٕول اِقتدار ترٲوِتھ تہٕ حکوٗمتھ آیہِ لوٗکن
ہِندن اَتھن منٛز۔

## عراق

1922 ہَس منٛز بنیوو برطانیہ ہَن ہاشمی نسبک کنگ فیصل عراقُک بادشاہ۔
فیصل اوس پانہٕ سُنی ییلہِ عراقٕچ اکثر آبادی شعیہ چھےٚ۔ یِتھ کنٛن ٹٔل برطانیہ
ہَن سُہ فتنہٕ ییمہِ سٕتی سُنیٛن تہٕ شعین منٛز دژاڑ بڑٕ یایہِ۔ یہِ Divide and
Rule پالسی اُس برطانیہ ہَن کٔشیرِ منٛز 1846 ہَس منٛز پانہٕ ناوٕمژ۔ ییلہِ تمو
کٔشیر گُلاب سِنگھن مُسلم اکثریتی علاقہٕ۔ کٔشیرِ پیٹھ غٲر مُسلم حکمران بنوو۔

1968ہَس مئز بنیاو مُلکُگ حکمران صدام حسین ۔ تیمی 2003ہَس تام عامرانہٕ حکوٗمت کٕرٕ تہٕ اَکے دوہ پانژٕ ھ ساس شعیہ قتل کٕری ۔

ایران، عراق جنگس 88-1980ہَس مئز کوٚر امریکہن عراقس بےٚ وایہٕ جنگی سامان مہیا تہٕ صدر صدامَس کٕرن حمایت تہٕ مگر 2003ہَس مئز کوٚر امریکہن عراقس پٔٹھ تہٕ کٕرٕنی صدام سٕنز حکوٗمتھ ختم ۔حکوٗمت آیہٕ شعین ہنٛدن اَتھن مئز ۔ یتھ کنن تٕہ امریکہن عراقَس مئز خانہٕ جنگی یوسہٕ ئہٕ وُنتہٕ ہَمان چھےٚ ۔

## شام

گوڈنکہٕ جنگِ عظیمس دوران آو عرب مُلکن مغرب کہٕ طرفہٕ وعدٕ دِنہٕ زِ تِمن پیہِ آزأدی دِنہٕ ۔ ہرگاہ تِمہٕ Allied Powers برطانیہ، روس، فرانس تہٕ امریکہس ساتھ دِن ۔1915ہَس مئز آو Mc Mohan Hussein ماہدٕ کٕرنہٕ تہٕ مئی 1916ہَس مئز آو PactSykes-Pico- فرانسَس سٕتی کٕرنہٕ ۔سلطنت عثمانیہ آیہٕ برطانیہ، فرانس تہٕ روٗسَس درمیان بأگرنہٕ ، گوڈنیک وَعدٕ کوٚرنہٕ Allied Powersپوٗرٕ مگر دوٚیم تہٕ ترٛییم وَعدٕ آیہٕ عملاونہٕ ۔

مغربی سامرأجی طاقتو دِیُت مصر شاہ فہدَس 1917ہَس مئز ڈألی، مُلکہٕ شام دِتٕھ 1923ہَس مئز شریف حسینَس ڈألی تہٕ سعودی عرب دِتٕھ عبدُ العزیز

بِنِ سعود َس 1927 ہَس منز ڈالہِ رٔنگی۔ تِمن ہتی آو یُتھٕے یوت وَعدٕ کرنہٕ زِ تِہنٕز حُکم رأنی روزِ قائیم ییلہِ تِہند بن قدرٔتی زخیرن خاصکر تیلس پیٹھ روزِ مغربی مُلکن ہنٕز اِجارٕ دأری۔ اِتھ کِنٕن بَنیایہِ یِمہٕ بادشاہ انگریزَن ہنٛدی باجدارراجہٕ تہٕ مُسلمان مُلک بَنیایہِ راجواڑ۔

مُلکہِ شامَس منز گییہِ مارٕچ 2011 ہَس منز صدر بشر اسد حسینس خلاف عوٲمی بغاوت۔ تِمی کٔرِ توفہٕ، ٹینکہٕ تہٕ بندوق پننِن باین خلاف اِستعمال۔ یِتھ کِنٕن مأرِن اگست 2011 ہَس تامتھ 2059 بے گوناہ لُکھ تِمو ہُتھی یاروہتی یُس تِمِس اِسرائییلَس خلاف اِستعمال اوس کرُن۔

## ایران

1848 پیٹھٕ 1979 ہَس تام کٔر ایرانَس پیٹھ شاہ خاندانَن حکومت۔

1925 پیٹھٕ 1979 ہَس تام کٔر رضا شاہ پہلوین یُس اکھ سخت گیر عامر اوس ایرانَس پیٹھ حُکمرأنی کران۔

1942 ہَس منز بنیایہِ ایرانَس منز گوڈنچ سیأسی پارٹی Tudeh یمیک لیڈر محمد مسعود ے اوس۔ سُہ اوس عوامُک ٹوٹھ لیڈر تہٕ بنیاو 1950 ہَس منز پرائیم منسٹر۔ ییلہِ سُہ مُلکُچ بہبُود خأطرٕ تہٕ جمہوریت پھاپھلاونہٕ خأطرٕ کأم کران اوس تہٕ مغربس آو نہٕ یہِ خوش۔ CIA تہٕ برطانیہ یَن کٔری ژوے تہٕ کٔر اُدکھ یہِ مُنتخب حکومتھ 1953 ہَس منز۔ 1957 ہَس منز بنوو شاہَن امریکہ کہِ

مدتہٕ ستی SAVAK یہٕ اُس اَکھ وحشی سکیورٹی ایجنسی یمّی حزبِ مُخالف کرٕش

کوٚر۔

1963 ہَس منٛز لوٚب مُخالف جماعژ تمہِ وِزِ طاقت ییلہِ حکوٗمتَن اَکھ مذہبی لیڈر

قتل کوٚر۔عوامِچ قیادت اوس آیتُ اللہ خمینی کران۔شاہن کوٚر لۆکن پیٹھ

تشددتہٕ خمینی کوٚرُن جلاوطن۔

ظلم تہٕ ستمُک دور گو ختم ییلہِ شاہِ ایرن مُلک ترٲوِتھ ژوٚل۔حکوٗمت آیہِ لۆکن

ہندِ بن اَتھن منٛز۔مُسلمان حکمرانَن ہنٛز اِقتدار پرستی تہٕ وَطن فروشی ہُند جایز

تہٕ ناجایز فاید چھُ مغرب مُسلمان مُلکس منٛز تُلان روزان۔اَتھ متلق چھےٚ

بنیظیر بھٹو وَنان۔

"in order to further their own short term political agenda, the western governments exploited muslim countries in the name of 'Global war on terror'. the containtment of comminism or protecting access to sca rce natural resources. (Reconcilation P.98......)

## پاکستان

پاکستان گو 14 اگست ہَس منٛز 1947 آزاد تہٕ اَصلی جمہوٗری نظام گو مارٕچ

1972 پیٹھ شروٗع یِیلہِ ذولفقار محمد علی بھٹو پاکستانُک گوڈنیک منتخب پرائیم منسٹر بنیاو۔ تمۍ بٲگراو کاشتٕکارن منز پَنٕز 40,000 ایکڑ زمیٖن۔ 1973 ہَس منز بنیاو پاکستانَس منز گوڈنِکہِ پھِر آیئین۔ تمۍ بَنوو جنرل ضیاالحق آرمی چیف کیٚژن سینیر اَفسرن أکِتھ کُن ترٲوِتھ 5 جولائی 1977 ہَس منز ہٹوو بھٹو ضیاالحقن تہٕ کوٚرُن اِقتدارس پیٹھ قبضہٕ۔ تمۍ بوٚر بھٹو جیل مُقدمہٕ چلوونَس تہٕ دِتُن پھانسہِ۔ اَفغان مجاہدین تہٕ روٗس رِکس جنگَس 89-1979 منز کوٚر امریکہن جنرل ضیاالحقس سپورٹ یتھ کنن روٗز جمہوٗریت واریاہَس کالس تاقچس پیٹھ۔ ضیاالحق سپُد 17 اگست 1988 ہَس منز أکِس ہوائی حادثس منز مارٕ۔ نومبر 1988 رِکس الیکشنس منز زِیوٚن PPP الیکشن تہٕ بینظیر بھٹو بنیایہ 2 دسمبر 1988 پاکستانٕچ وزیرِ اعظم۔ بینظیرِ ہٕنز حکوٗمتھ گرٲوِتھ گٔر وقتکۍ صدرن أیئین رِکس أٹھمہِ ترمیم کہِ حوالہٕ۔ یَتھ منز صدرس یہ اختیار چھُ زِ سُہ ہیکہِ کانٛہہ تہِ حکوٗمتھ گرٲوِتھ تہٕ ترٛبن ریتن منز نوٚو الیکشن کٔرِتھ۔ 6 اگست 1990 ہَس منز برطرف اَکتوبر 1990 منز زِیوٚن پاکستان مُسلم لیگہِ الیکشن تہٕ نواز شریف بنیاو پاکستانُک وزیرِ اعظم۔ 1993 ہَس منز کٔر تمۍ وقتکۍ صدرن أیئین کہِ أٹھمہِ ترمیم کہِ حوالہٕ نواز شریفنٕز حکوٗمتھ بَرطرف۔ 24 اَکتوبر 1993 رِکس الیکشنس منز زِیوٚن پیپلز پارٹی بیٚیہ

الکشن تہٕ بینظیر آیہِ دوٚیمہِ لٹہ پاکستانٕچ وزیرِ اعظم۔ 4 نومبر 1996 آیہِ
PPP حکوٗمتھ صدر سٕندِ ذٔریہِ بییہِ گراونہٕ تہٕ 1997 منز آو بییہِ نواز
شریف مُسلم لیگ اِقتدارس منز 1998 ہَس منز بنوو نواز شریفن جنرل
مُشرف چیف آف آرمی سٹاف۔ مئی 1998 منز ووٚتھ کرٕگل جنگ تہٕ
پاکستانس پیو امریکہ کِس دَباوس تل کرٕگل منز فوج واپس کڈُن۔ پرویز
مُشرف تہٕ نواز شریفس دَرمیان بڑیاہِ مُشکری تہٕ نوازَن ہیوٚت مُشرف
بَرطرف کرُن۔ فوجن دِیُت مُشرفس ساتھ 12 اَکتوبر 1999 ہٹووُک
نواز شریف۔ اِقتدار روٚٹ مُشرفن پانَس اَتھِ۔ 2002 ہَس منز کٔری
مُشرفن الیکشن مگر PPP تہٕ MLN پیٹھ آو ٹھاکھ Ban لگاونہٕ۔

ظفراللہ جمالی پتہٕ آو شوکت عزیز پاکستانٕک پرائم منسٹر بناونہٕ۔ اَتھ متلق چھےٚ
بینظیر لیکھان۔

'There was no doubt in islamabad, Washington
or London ruled Pakistan

(Reconclations P.215)

17 اَکتوبر 2001 چھُ امریکہ افغانستانس پیٹھ حملہٕ کران۔ امریکہ چھُ بییہِ
مُشرفس پننین مفادو خاطرٕ افغانستانس خلاف اِستعمال کران۔ تہٕ یتھ کنن
چھےٚ جمہوریت بییہِ نوٚن ژٔریَن تاچِس پیٹھ روزان۔ اَمن حالاتن متلق چھےٚ
بینظیر لیکھان۔

"Rightly or wrongly,the perception in Pakistan is that the military is responsible for the rise of militancy and all the horrfic consequences that it entials for Pakistan and its people.Militancy started with the Zia military dictatorship.Its heirs destablised democracy until military dictatorship was once again imposed. The Musharaf military dictatorship,not with standing its public pronouncements,has presided over the mushrooming growth of militant groups groups and militant acts that have exacted a heavy human toll .

(Reconcilation.P.222)

ہندوستان تہٕ پاکستانٕک مُستقبل چھُنہٕ مغربَس ستی وابستہٕ بلکہِ چھُ مشرقَس منز۔ ہندوستانَس پزِ چینٕک نقل کٔرِتھ پننین تولٕو قاتن مُسلم دُنی یَہس ستی وُستہٕ وار کرُن۔ خاصکٔرِتھ پاکستانَس ستی دوستانہٕ برٛاونہٕ ستی ہیکَن تِمی ہندی تولٕو قات مُسلم مُمالکن ستی سہل پأٹھی پوٚشِتھ۔ پاکستان چھُ ہندوستان کہِ خأطرٕ مُسلم دُنی یَہس کُن اکہِ دَرواز چ حیثیت تھاوان۔ ہندوستانَس منز چھِ 20 کرور مُسلمان بَسان۔ یِتھ کٔنن ہیکہِ ہندوستان بجہِ مُسلم مَینارٹی ہُنٛد کارڈ گِنٛدِتھ مُسلمان مُلکن پێٹھ پنُن بھرٛوسہٕ دَررأوِتھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تجارتھ بڑأوِتھ تہٕ اقتصأدی فأیدٕ حأصل کٔرِتھ۔ اِتھے کٔنن ہیکَن مسلمان مُمالک ہندوستانَس نِش سائینٛس تہٕ ٹیکنالوجی ہُنٛد فأیدٕ حأصل کٔرِتھ مأدی ترقی پرٛأوِتھ۔ یہٕ گَتھ چھے ٹاکارٕ زِ ہندوستانٕکی مفادات چھِ مشرقَس منز زیادٕ محفوظ بَنسبتہٕ عیسأئی یا یہوٗدی دُنی یَہس منز۔ مغربکہِ مُسلم دُنی یَہس ستی تولُق برٛاونہٕ برونٛہہ پزِ ہندوستانَس وُتھک نَبض رٔٹِتھ مُسلم دُنی یَہس خاصکٔرِتھ پاکستانَس ستی حالات ٹھیکہٕ راوٕنی۔ اِتھے کٔنن پزِ پاکستانَس امریکہِ چہٕ شاطرانہٕ پالیسی نِش حبسہٕ روزُن۔ امریکہ کیوٚ "دہشت گردی خلاف عالمی جنگ" کھوٚکھرِ ناروٚ نشہِ خبردار گژھُن بێیہِ پتھ کالہٕ نِش تہٕ سبق حأصل کرُن تێلہِ 1971 ہَس منز امریکہٕ مشرقی پاکستانَس کُن پنُن بحری بیڑٕ واتہٕ نووتہٕ پتہٕ کیاہ کوٚرُن پاکستان بچاونہٕ خأطرٕ یا مئی 1998 منز کرگل منز پاکستأنی فوج واپس نِتھ

گتہٕ کوٚرُن مسلے کشمیر حل کرنس منز مدد۔

اِتھے کنن کالہٕ پگاہ پاکستانکین علاقہ پیٹھ امریکہک ڈرون Drone حملہٕ کرُن ییٚہٕ اُسامہ بن لادِن 2 مئی 2011 ہنزِ رأژ منز ایبیٹ آباد پاکستانَس منز قتل کرُن چھ نَنہٕ وانہٕ پاکستانکس زمینس پیٹھ حملہٕ۔ پاکستانَس پزِ ہندوستانَس دُشمن زانُن مُشراوُن۔ اِتھے کنن پزِ ہندوستانَس تہٕ زانُن۔ دۄنوے مُلک گژھن پننین سَرحدن ڈھیل ترٛاوِنی تہٕ پانہٕ وٕنی تجارت کرُن تہٕ لوٚکن اورِ یور پھیرنس تھورنس پیٹھ پابندی نرم کرٕنی۔ دُنی یہٕکس سیاستَس منز ہیکن اِژھ نَیہٕ نَیہٕ تبدیلی یتھ نٔوی نٔوی اِتحاد Alignments قائیم سپدتھ سموییل ہنٹنگٹن Huntington چھ اَتھ بارَس منز لیکھان۔

''The relation between civilizations and Their core states are complicated often ambivalent and they do change. Most countries in any civilization will generally follow the lead of the core state in shaping their relation with countries in another civilization. But this will not always be the case and obviously all the

countries of one civilization do not have identical relations with all the countries in second civilization,common interests,usually a common energy from a third civilization,can generate co-operation between countries of different civilizations.

(Huntington the clash of civilizations. P.245)

ہندوستانَس تہٕ پاکستانَس درمیان فِتنُک زوورُن تہٕ چھُ برطانیہٕ ہَن
ترٛوومُت۔ مسلٕے کشمیر چھُنہٕ 1947 ہَس منٛز پأدٕ گومُت بلکہ چھےٚ أمِچ بُنٛیاد
10 مارٕچ 1846 ہَس منٛز انگریزو ترٲوٕمٕژ۔ یَیلہِ تمو گُلاب سِنگھس کٲشیر پَنٛژ
سَتتھَن 75 لَچھن روٗپَین کٔنٛز۔ یتھ کٔنَن پوشہِ رود تمو مُسلمان اکثریتی علاقَس
(کٲشیرِ) پیٹھ اکھ غأر مُسلِم حُکمران۔ یتھ کٔنن گیہِ تمہٕ مُسلمانَن تہٕ ہِنٛدٕ بن
دَرمیان نفرت پأدٕ گرنَس منٛز کامیاب۔ ہندوستانکہِ تقسیمٕچ بُنٛیاد آیہِ 1905
ہَس منٛز ترٛاوٕنہٕ یَیلہ Lord Curzon بنگال دون حصن منٛز تقسیم کوٚر۔ یہِ تقسیم
آو مذہب کِس ژُکِس پیٹھ گرنہٕ۔ مشرقی بنگالَس منٛز أسی مسلمان بسان تہٕ

مغربی بنگالس منز آسی ہندی اکثریتس منزیُس پتہٕ 1947ہٕ ہس منز ہندوستانس تہٕ پأکستانس درمیان وڑاڑ پأدٕ گرِتھ گو۔ انگریزن ہنز Divide and rule policy گیہ نہٕ 1947ہٕ ہس منز ختم ئلی کہِ تمہ پتہٕ پوٹھیایہ دوہ کھوتہٕ دوہ۔ ہندوستانس درمیان گیہ ترٛے جنگ، یمن جنگن ہند مقصداوس دونوے مُلک بدحال کرٕنی تہٕ اَتھ مُزکری پتہٕ آسی سامرأجی طاقت تاربلاوان تہٕ وُنہٕ چھِ تمہ أتھی پیٹھ قدم تھاوِتھ۔ لہٰذا پُھ وِکینس مُشترکہ دُشمن پرَزِناوُنک وَق۔

ہندستانس تہٕ پأکستانس پزٕ وُنی کین اِقتصادی محاذس پیٹھ اتھ واس کرُن، یہ اَتھ اَتھ واس روزِ مُشترکہ کلچر کس ژکس پیٹھ واریاہ دوٗر رتہٕ یژکول۔ تمن مُلکن یمن نہٕ لانہہ کلچر مُشترکہ چُھ چھِ پانہٕ وُنی دوستی تہٕ تجارتی مأہلہٕ کران۔ مثلن چین تہٕ پأکستان یاروُس تہٕ ہندوستان یمن دون جور بن چھنہٕ کانہہ تہٕ کلچر قدرٕ مُشترکہ۔ یلہِ زَن اَتھ برعکس ہندوستان تہٕ پأکستانُک کلچر گنیٕ چھُ تہٕ پانہٕ وُنی ہشر چھُ تھاوان۔ مثلن دونہٕ وُنی مُلکن ہنز تأریخ تہٕ جغرافیا چھے کُنی۔ دونہٕ وُنی مُلکن منز چھے ہشے زبانہٕ بونہٕ یوان (اُردو۔ پنجابی تہٕ سندھی)۔

ہندوستانس منز چھِ تیتاہ مُسلمان بسان ییتاہ پأکستانس منز چھِ بسان۔ کلچر کس بُنیادس پیٹھ ہیکہِ ہندوستان، پأکستان تہٕ بنگلہ دیش اکھ دوٗر رتہٕ پوشہٕ وُن اِتحاد بنِتھ۔ یمہ اِقتصادی مأدانس منز مغربس برونہہ ہکن پکِتھ تہٕ سائنسی مأدانس منز مغرِبس لرِنور رٕہکن پکِتھ۔ 6 ستمبر 2011ہٕ وزیرِ اعظم ہِندٕ سُند بنگلہ دیشک دورٕ تہٕ تتہِ سرحدن پیٹھ اکھ سمجھوتہٕ کرُن تہٕ تجارتی مأہلہٕ کرٕنی چھِ اَکھ رُت شوگُن۔

SAARC بُنیاد 1985ہَس منز جنوٗبی ایشیائی مُلکَن ہندِ اقتصادی ترقی ہُرانٕس منز روٗدیہ حد کھوتہٕ زیادٕ بےاَثر۔ ہرگاہ ہندوستان، پاکستان پانہٕ وٕنی اَتھ واس کرن۔ پاکستان ہیکہِ ہندوستان کہِ خاطرا کہِ کٔڈلٕچ کام کٔرتھ یُس تسند تجارت چینس ستی بڑراوِ۔ اِتھے کٔنن ہیکہِ ہندوستان پاکستانس تہٕ روٗسس درمیان اکہِ کٔڈلٕچ کام کٔرتھ میانہِ وَننک مطلب چھُ یہِ زِ ینہٕ واَلس کالس منز ہیکہ نٔوٕ اِتحاد Alignmentsیتھِ کٔن پاَدٕ گژھتھ۔

America

Latin America — Israel

Europe

China

Arab / Eurasia — Pak

India

The west

The East

دٔنی یہَس منز پوشہِ وُن اَمن تھاونہٕ خاطرٕ چھُ ایشیا ئک یِتھے اتحاد قایم سپدُن ضوٗروٗری۔ یِتھ کَنن ہیکہِ طاقتک توازُن Balance of Power برقرار بٔنیہِ روزِ امہِ ستی دٔنی یُک نظام تہِ دوٗرتہٕ پایدار۔

☆ ☆ ☆

۳ (محمد الدین فوق: مکمل تاریخ کشمیر ص 779 )

# " ABOUT CULTURE "

ABDUL RASHID AFAQUE
(M.A.(Eng.); B.Ed;DCE.)



## PUBLICATIONS

1. Rahim Sahab Sopori
   ( Kashmiri)
2. Beauty and the Beast
   (Anthology of poems)
3. The Ark
   ( Transcreation of Shiekh Noor Din Wali)
4. The Wind without Rain
   ( Anthology of poems)
5. Destiny is Time
   (Forthcoming - a book on socialpsycology)

QUAF PRINTERS 9419055644